# اُردو کشمیری فرہنگ

جلد یازدہم

(م)



طابع وناشر ________

سیکرٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز: سرینگر

نگران ________

محمد یوسف ٹینگ۔ سیکرٹری

آفیسر انچارج پبلیکیشن ________

بشیر اختر

خطاط ________

ولی محمد میر۔ محمود آبادی

مطبع ________

جے۔ کے آفسیٹ پرنٹرس۔ دہلی

تعداد ________

ایک ہزار

قیمت ________

# عرضِ ناشر

اُردو کشمیری فرہنگ کی افادیت کا اندازہ اس بات سے لگایا جاسکتا ہے کہ یہ فرہنگ اب مختلف نشریاتی اداروں میں اپنی حیثیت منوا چکی ہے اور ان اداروں میں کام کرنے والے لوگ ہمارے تیار کئے ہوئے اس لغت سے استفادہ کرتے ہیں۔ یہی امر اس بات کا بیّن ثبوت ہے کہ ہماری محنت رنگ لا رہی ہے۔

اُردو کشمیری فرہنگ کی زیرِ نظر جلد میں کُل مِلا کر ۷۰۰۰ الفاظ اور مرکبات شامل ہیں۔ گیارھویں جلد سمیت اس طرح اب تک ۸۰۶۰۰ الفاظ اور مرکبات کو کشمیری کے شیشے میں اتارا جا چکا ہے۔

فرہنگ سازی تحمل اور تدبر کا کام ہے۔ مجھے اس بات کا اظہار کرتے ہوئے مسرت ہو رہی ہے کہ ایڈیٹوریل بورڈ اور ایڈیٹوریل سٹاف نے اس کام میں بھرپور تعاون دے کر میرے بوجھ کو ہلکا کر دیا ہے۔ میں ان تمام حضرات کا شکریہ ادا کرنا اپنا فرض سمجھتا ہوں جنہوں نے اس مشکل سے عہدہ برآ ہونے میں کوئی دقیقہ فرو گذاشت نہیں کیا۔

محمد یوسف ٹینگ
(سیکوٹری)

سری نگر۔

# دیباچہ

اُردو کشمیری فرہنگ کی گیارھویں جلد پیش کرتے ہوئے مجھے اطمینان حاصل ہو رہا ہے کہ کلچرل اکادمی نے جو منصوبہ کئی سال پہلے ہاتھ میں لیا تھا وہ منصوبہ اب مکمل ہو رہا ہے۔ یہ جامع فرہنگ بارھویں جلد کے ساتھ ہی مکمل ہو جائے گی۔ اس طرح کلچرل اکادمی کشمیری۔کشمیری ڈکشنری کے بعد اُردو کشمیری فرہنگ کو مکمل کرنے کا امتیاز بھی حاصل کر رہی ہے۔ فرہنگ کی بارھویں اور آخری جلد پر اس وقت سُرعت کے ساتھ کام جاری ہے۔ مجھے یقین ہے کہ آخری جلد کو قارئین کی خدمت میں پیش کرنے کا شرف ہمیں ۱۹۸۲ء کے اوایل میں حاصل ہوگا۔

"اُردو کشمیری فرہنگ" کی تکمیل ایک کارنامے کی حیثیت رکھتی ہے اب جبکہ یہ کام اپنے اختتامی مراحل میں داخل ہو چکا ہے میں فرہنگ کے ایڈیٹوریل بورڈ اور ایڈیٹوریل سٹاف کا تہہ دل سے شکریہ ادا کرنا اپنا فرض سمجھتا ہوں جنہوں نے اتنی وسیع اور بسیط فرہنگ کی تکمیل میں مجھے بھرپور تعاون دیا ہے۔

محمد یوسف ٹینگ

# اختصارات و علامات

| | |
|---|---|
| ت | تلفّظ |
| س | سنسکرت |
| ع | عربی |
| ف | فارسی |
| ل م | لفظی معنی |
| م | مثال |
| مُ | مقابلہ ہو |
| ھ | ہندوستانی۔ ہندی اُردو |
| ‹ - › | مادہ، مصدر |

## اس کے علاوہ

ایرانی، ژند، پہلوی، انگریزی، ترکی، پُرتگالی اور، دوسری زبانوں کے الفاظ بھی ہیں جن کے لئے مخص علامتیں استعمال نہیں کی گئی ہیں ؎

# م

**مچا۔** [ت۔ مُچ چا۔ مذکر] مَڑھِ پھوّل، یوّڈ ماز پھوّل بینھ ئہ اُڈِج بینزِ آسیہ۔

**مَچاچ۔** [ت۔ مَ چا مُچ۔ مؤنث]۔ ۱۔ ٹبینھ، نالہ نام، بوُر، ٹیپاٹیپ۔ ۲۔ چار پایہ ہُشد کر کر۔

**مچان۔** [ت۔ مَ چان۔ مذکر]۔ ڈوّنگ ڈُنگج۔ مَچانہ۔ نِشکارٔی شُشد یا مکایہ راچھ مُشد ڈوّنگ۔

**مچانا۔** ہِچھو "مچان"۔

**مچانا۔** [ت۔ مَ چانا۔]۔ ۱۔ سَرُن، شور یا کڑکہ نا دیتزِ کمرُن ۲۔ ٹاٹگس بینزِ گرُ لاگُن، گَنگدُن، جوڑ وُن۔

**مجرب۔** [ت۔ مُ جَرَ رَب۔] جَریہ دلو۔ موّٹ ماز۔ چیربی۔

**مچرس۔** [ت۔ مُچ رَس۔] کوّنٹڈ۔ لوُدی بوُزی خَرچِن دول۔

**مچروس۔** [ت۔ مَچ رُوس۔]۔ ۱۔ اُرکس جانا دارہ شُشد نا وبیمِس زیوکھڑ لوّٹ جھُ آسالن۔ ۲۔ اکِہ دُوُکھ نا

**مچ رہنا۔** ہارُن، شُنکَس کھیوّن، ہَپنھ گُزھُن۔

**مچک۔** [ت۔ مَ چک۔ مؤنث]۔ آلہ آلہ (گَزھُن)، حَرکَتھ (گَزھنی)۔

**مچکانا۔** حَرکَتھ کرِنی، دِنی۔ زیر دِنی۔ کُسنہ چیزِس دکہ دِتھ آلہ آلہ کرُن۔

**مچکنا۔** تَھرتَھر آڑی کانپُن۔ آلہ آلہ گزھُن۔

**مچکا۔** [ت۔ مَچ کا۔ مذکر]۔ ۱۔ سروجہ اَرزانی۔ ۲۔ فِراق۔ قفاوَتھ۔

۳۔ ژھین۔ ٹھکھ۔ وَقفہٕ۔

**مچکا پڑنا۔** سرٕو خبر گژھٕن۔ اَرزٕ تی گژھنہٕ۔ بازرس سستہٕ گژھٕن۔

**مچکا کھا جانا۔** وِچھو "مچکا پڑنا"۔

**مچکانا۔** [ت۔ مچ کانا] ۔اَچھ ٹیٹرارٕ سے کرٕ ژ۔ ڈُلہِ ڈُلہِ اَچھ ٹارِ ین تُل تراوکرُن۔

**مچلکا۔** [ت۔ مُچ ل کا۔ مذکر] ۔مُچلکہٕ۔ ماُفی نامہٕ۔

**مچلکا دینا۔** مُچلکہٕ دِیُن۔ ماُفی نامہٕ لیکھتھ دِیُن۔ کانٛہہ کام نہٕ کرٕ نس بیقرار نامہٕ دِیُن۔

**مچلکا کرنا۔** بیقرار نامہٕ لیکھتھ دِیُن۔ تحریری واد قرار کرُن۔

**مچلکا لکھنا۔** کانٛہہ کام نہٕ کرنہٕ خاطرٕ تحریر دِیُن۔

**مچلکا لینا۔** مُچلکہٕ ہیٚوٚن۔ کانٛسہ کانٛہہ کام نہٕ کرنس تحریر ہیٚوٚن۔

**مچلا۔** [ت۔ مَچ لا] ۔ ضِدی۔ ہیٚٹھ درم، وٲل۔ مُچلہٕ۔

**مچلاپن۔** ضِد۔ ہٹھ درمی۔ ودِ جر۔ مُچلہٕ۔

**مچلانا۔** ۱۔ ہِس دِیُن۔ اَگادِ کرُن۔ اُتھو اُتھو کرُن۔ م: بچے کو نہ مچلاو۔ ۲۔ بہانہٕ کرُن۔ حیلہٕ کرُن۔ ٹال مٹول کرُن۔ ۳۔ بگہٕ بمکہٕ بینہٕ۔ دُد گھ بیپر تی۔ ۴۔ اَگادِ گژھٕن۔ مُچلہٕ لاگُن۔

**مچلائی۔** ودجر۔ ضِد۔ مُچلہٕ۔

**مچل پڑنا۔** مُچلہٕ لاگُن۔ اَگادِ گژھٕن۔

**مچل جانا۔** اَگادِ گژھٕن۔ مُچلہٕ لاگُن۔

**مچل مچل کے۔** مُچلہٕ لاگِتھ۔ ہیٚٹھ درمی کرِتھ۔

**مچلی۔** ۱۔ ضِدی زنانہٕ۔ مالذاخف۔ حیلہٕ گرٕ۔ ۲۔ کاہِل زنانہٕ۔ کامہٕ وال زنانہٕ۔

**مچلنا۔** [ت۔ مَچ ل نا] ۔۱۔ اَگادِ گژھٕن۔ ضِد کرُن۔ ہٹھ درمی کرٕنی۔ ۲۔ ٹال مٹول کرُن۔ کلس ڈول لاگُن۔ ژاٗنِتھ اَنژانی لاگُن۔ ۳۔ وَدُن۔ ریشتھ لاگِنی۔ اوٗش نژاوُن۔ ۴۔ نیٚندرٕ مَنٛز اُٹھیراسے کرٕنی۔ ڈلہِ گنڈ دِیُن۔

کَرِہ بھِشُبر دِتُن۔ ۵. کانٹہ جیز دِنس
اِنکار کرُن، ببب کرُن۔

**مچمچانا۔** سَنگِہ چارِین۔ شَہوَنک زور
غالِب سِپدُن۔

**مچمچاہٹ۔** سَنگِہ چار شہوَنک زور۔

**مچنا۔** [ت۔ مَچ نا]۔ ۱. بَند گڑھُن۔
وَٹنہ یُن۔ م: آنکھ مچنا۔
۲. سِپدُن، گڑھُن (شور بینز)
کرنہ یُن۔

**مچوانا۔** بَند کرناوُنہ۔ اَچھ ٹوٗناونہ۔
(اَچھ) وٹناونہ۔

**مچولیا۔** [ت۔ م چول یا] اَچھ ٹوٗنہ،
بَند کرنہ (یُہ پاٹھی چھِہ آتھ جاپہ
"آنکھ مچولیا" وَرناوان)

**مچھ۔** [ت۔ مَچھ۔ مذکر]۔ ۱. بَڈ گاڈ۔
نر گاڈ۔ ۲. گاڈ شکلِ پائن جُم
وشنو اوتار۔

**مچھّر۔** [ت۔ مَچھ چھر۔ مذکر]۔ مۆہ۔
اَکھ لوکُٹ پکھہ دار کیوم یُس
ٹوٗپہ چھ دِوان۔

**مچھر دانی۔** مچھر دانی۔

**مچھّر کی جھول۔** (وَرگہ پاٹھی) سیٹھا
ڈٔسی پایہ چیز۔

**مچھّر کی جھول کا چور۔** ڈٔسی پایہ
چیز زور بنیہ وول۔ م:
ٹھولہ زور۔

**مچھر نگا۔** [ت۔ مچھ رن گا۔ مذکر]۔
کولہ ٹوٗنچ۔

**مچھلی۔** [ت۔ مَچھ لی۔ مونث]۔ ۱. گاڈ۔
۲. سو گاڈ یوس پہ چوٹ بیتر
لگنہ سیتی قریم مازس کھسان چھے۔
۳. گاڈ کلہ کُرتھ اَکھ کتہ وُس۔
۴. گاڈِ شکلِہ نستہ و آچ۔ ۵.
اَکھ شری کھیل۔ ۶. رانہ بِہتھ ماز
کَل۔ ۷. گاڈ شکلِ بیپر ویٹ۔
۸. گاڈ شکلِ اَکھ تسبیح گانٹہ بتراٹھ۔

**مچھلیاں پڑنا۔** وَرزِش بینز سیتی
نَربن زیُنگن گاڈ کھسنہ۔

**مچھلی پکڑنا۔** گاڈ رٹنہ۔ گاڈ شِکار کرُن۔

**مچھلی پکڑنے کا کانٹا۔** گاڈ وول،
گاڈ رٹنگ وول۔

**مچھلی کا پَر۔** گاڈ پکھہ۔ گاڈ ہند پَر۔

**مچھلی کا تیل** ۔ گاڈ تیل ۔ سُنہ تیل
یُس گاڈِ ہِندِس کرٕ یِہِنہٕ مازس
چھ کڈان ۔

**مچھلی کا چارا** ۔ یِیُون سو آٹہٕ بیٚتر
یوس گاڈ رٹنہٕ وِزِ بسلایہِ ہِندِس
وائِس لاگان چھ ۔

**مچھلی کا کانٹا** ۔ ۱۔ گاڈ کوٚنڈ ۔
گاڈِ ہِنز اُڈج ۔ ۲۔ کیٚرس بیٚنز
بیٚٹھ گاڈِ ہِندِ تھر کُنڈ کہٕ شکلِ
بنٲوِمژ تھر ۔

**مچھلی کھانا** ۔ گاڈ بتہٕ ۔

**مچھلی والا** ۔ ۱۔ گاڈ ہاٲنز ۔ گاڈ رٹن وول
۲۔ گاڈ کنن وول ۔

**مچھلی تو نہیں کہ سڑ جائے** ۔ م :
گاڈ چھا زِ پھکِہ یِیس، ہو زِ ۔

**مچھلی کا کھانا ہر نوالے تھوٗ** ۔
یہ چھ مجبور گژھ صحتہ کانہہ
کام کرن وِزِ وَنان ۔

**مچھلی کے بھی پتا ہوتا ہے** ۔
(ورگہ پاٹھی) ہیے کس انسانس
نہ چھ کُنہ وِزِ شرار نہ کھٕسان ۔

**مچھلی کے جائے (بچّہ) کو تیرنا کون سکھائے** ۔ م : ۔
۱۔ ڈیمبہٕ شُرِن چھا کھو کھہٕ یژ آرِ ی
ہاوان ۔ م : ۲۔ ہاٲنز شُرِن
چھا زھا تُھڈ بیچھناوُن گ
حاجتھ ۔

**مچھلی مچھلی کتنا پانی** ۔ یہ چھ شُرِس
یُڈ کھوکھِش کرن وِزِ ونان ۔

**مُچھندر** ۔ [ت ۔ م چھن در ۔ مذکر] ۔
۱۔ یُس زِ بچہِ گوٚنژھہِ آسن ۔
گوٚنژھل ۔ ۲۔ گگر ۔ ۳۔ مسخر ۔
بانڈ ۔

**مچھوا** ۔ [ ت ۔ مچھ وا ۔ مذکر ] ۔
۱۔ گاڈ رٹن وول ۔ گاڈ ہاٲنز ۔
گاڈ کنن وول ۔ ۲۔ لوکُٹ ناو ۔
ڈیمبہٕ وار ۔

**مچھی** ۔ [ ت ۔ م چھی ۔ موٗنث] ۔ ۱۔ گاڈ ۔
مژھ ۔ ۲۔ موٚنز ۔ پیار ۔
ماہ ۔ میوٗ ٹھ ۔

**مچھیانا** ۔ موٚنہ میٹھی کرٕنی ۔

**مچھیاں لینا** ۔ موٚنہ کرٕنہٕ ۔ پیار کرُن ۔

**مچھی بھون۔** مُحلہٕ خانک نلاویتھ منتر گاڑ آسن۔

**مچھی مچھول۔** ۱۔ اکھ اکس موٗنہٕ کرنہٕ، بوسہٕ کرنہٕ نی۔ مِیٹھی کرنی۔ مالا یانی۔

**مچیل۔** [ت۔ م چھیل۔ مذکر]۔ گونتر ھل یس زیچھ نیچھ گونترٕ ھہ آسن۔

**محابا۔** [ت۔ م حابا۔ ف۔ مذکر]۔ خوف۔ ڈر۔ کھوژن۔ تراس۔ ہانبنہ۔ اہر۔ تفرٕ ننٹھ۔ بنبہ۔ بیم۔

**محاذ۔** [ت۔ م حاذ۔ ع]۔ ۱۔ بُتھہٕ۔ اکھ اکس مُقابلہٕ۔ بُتھہٕ سیوٗد۔ ۲۔ فوجک تُہندِ حصہٕ ساروے برٕو نِشہٕ تُم دِسنہٕ۔ ۳۔ بُتھہٕ۔

**محاذات۔** بُتھہٕ تھوُن۔ تھولہٕ تھوُن۔ مُقابلس تھوُن۔

**محاذِ جنگ۔** مَیدانِ جنگ۔ بَنہٕ۔ محاذِ جنگ۔

**محاذ قائم کرنا۔** محاذ قایم کرُن۔ کانٔسہٕ خلاف رچہٕ گنڈِتھ مُقابلہ کرُن۔ بُتھہٕ بُن۔

**محاذی۔** برٕونٹھہ کنہٕ۔ روٗبروٗ۔ بُتھس برٕونٹھہ کنہٕ۔ محاذی۔ اکھ اکس مُقابلہٕ۔

**محارب۔** [ت۔ م حارِب۔ ع۔ مؤنث]۔ "محراب" لفظُک جمع۔

**محاربہ۔** [ت۔ م حاربہ۔ ع۔ مذکر]۔ لڑائی۔ جنگ۔ مُجادلہٕ۔ جبنگہٕ جدل۔

**محارِم۔** [ت۔ م حارِم۔ ع۔ مذکر]۔ "محرم" لفظُک جمع۔ بیدی۔ راز دار۔ کُنہٕ چیزُک واقف کار۔

**محاسب۔** [ت۔ م حاسِب۔ ع]۔ ۱۔ حساب دان۔ حسابُک عِلم زانن وول۔ گرٕ شنز ہند عِلم زانن وول۔ ریاضی دان۔ ۲۔ حساب لوزن وول۔ اکاونٹنٹ۔

**محاسب طلب ہونا۔** حساب ہینہٕ یُن۔ حساب لگُن۔

**محاسبہ۔** ۱۔ حساب ہیوٗن خرچس حساب ہیوٗن۔ محاسبہٕ۔

**محاسبہ کرنا۔** حساب ہیوٗن۔ خرچس برعکس حساب ہیوٗن۔

محاسبہ کرن۔ بوج تلن۔

**محاسبہ لینا**۔ لکھہ بوزن۔ سام ہتینغ۔
حساب ہتیوَن۔ بوزنہ ہیوَن۔

**محاسن**۔ [ت۔ م حاسِن۔ ع۔ مذکر]۔
۱۔ گون۔ خوبی۔ زَرار۔ ۲۔ ریش۔ دآر۔

**محاصرہ**۔ [ت۔ م حاصِر۔ ع] گیبر تراوَن
وول۔ اُندی اُندی گیبر تراوُن۔
ناکہ بندی کرن وول۔

**محاصرہ**۔ ناکہ بندی گیبر۔ چھاپہ محاصرہ

**محاصرہ اٹھانا**۔ گیبر تلئن۔

**محاصرہ کرنا**۔ گیبر تراوُن۔ زوپاری
وَتہ بند کرنہ۔

**محاصرہ ہونا**۔ گیبر تراوِنہ ہین۔ ناکہ
بندی کرنہ بینغ۔

**محاصرے میں آجانا**۔ گیبرس مَنز
لگُن، پھسُن۔ زوپاری وَنہ
بند گژھنہ۔

**محاصرین**۔ گیبر تراوَن وآلی۔
گیبرن وآلی۔ ناکہ بندی
کرن وآلی۔

**محاصل**۔ [ت۔ م حاصِل۔ ع۔ مذکر]۔
۱۔ ٹیکس۔ مالیہ۔ مالیہ یوحصول۔
۲۔ نفع۔ وُٹھنہ۔ آمدنی یقع۔
۳۔ نتیجہ۔

**محاصلِ خام**۔ پیچھر واکر آمدنی۔
سعہ زِری بوسہ بہ منتقل آسیہ۔

**مُحاضرہ**۔ [ت۔ م عاضِر۔ ف]۔
زآشیانہ۔ ڈوٗلی۔

**محاط**۔ [ت۔ م حاط۔ ع]۔ بیتھ گیبر
تراوِمُت آسیہ۔ بیتھ گیبر گوٗرمُت
آسُنہ۔ بیتھ ناکہ بند بیدمُت آسیہ۔
گیبرس منز وَلنہ آمُت

**محافظ**۔ [ت۔ م حافِظ۔ ع]۔ ۱۔ رآچھدَر۔
روچھ۔ حِفاظت کرن وول۔
چوکدار۔ مَیڈی وان۔ رَچھن وول۔
اَنچھ بیٹھ نفاون وول۔ ڈوکھ۔
۲۔ سِپاہ نیس مال گاڑِ راوچھ
بانچھ سِتہ آسیہ، گاڑ۔

**محافظت**۔ ۱۔ رآچھ۔ روچھ۔
چوکیدارِ سِنز کآم۔ ڈیڈِ وآنیل۔
۲۔ سرپرستی۔ رآچھ دَری۔

**محافظِ تن**۔ باڈی گارڈ۔

**محافظِ حقیقی۔** تہِ دۆیِمہٕ گۆبنہٕ والے دے۔ رٹچھَن وول۔ پالَن وول

**محافظِ خانہ۔** مُحافِظ خانہٕ۔ سُہ دَفتر یتھ منٛز سرکٲری مِسلہٕ رٹژھرا وِنہٕ یِژھ تھوونہٕ یِن۔

**محافظِ دفتر۔** رِکارڈکیپر۔ سُہ مُلازِم یُس نِش دفتری مِسلہٕ رٹژھرِتھ آسن۔

**محافظِ محبس۔** جیلکہ داروغہٕ۔ قٲدخانک رٹیٖٹھ۔ بٔنٛدی وانک اَفسر۔

**محافل۔** [ت۔ مَ حافِل۔ ع۔ مُذکر]۔ "محفل" لفظُک جمع۔

**محافہ۔** [ت۔ مُ حافہ۔ ف۔ مُذکر]۔ زنانہٕ۔ ڈۄلہِ۔

**محاق۔** [ت۔ مِ حاق۔ ع]۔ ۱۔ زوٗنہٕ ہُنٛد کاژ۔ گٹہٕ پچھ۔

**مُحاکات۔** [ت۔ مُ۔ حا۔ کات۔ ع] ۱۔ کتھ باتھ۔ ۲۔ شاعری ہِنٛز اکھ اِصطلاح۔

**محاکمہ۔** [ت۔ مُ حا۔ کَ مہ۔ ع]۔ ۱۔ نالِش۔ کانٛہہ بیاسے فاصلہٕ باپتھ حاکِمس نِش نیُن۔ ۲۔ فاصلہٕ باپتھ حاکِمس نِش گژھُن۔ داوا۔ اِنصاف طلبی۔

**محاکمہ محاکمات۔** فاصلہٕ۔ مُنصِفی جنٛجِل۔

**محال۔** [ت۔ مَ۔ حال۔ ع]۔ ۱۔ "محل" لفظُک۔ جمع۔ مُتعدد۔ ۲۔ گوٚنٛڈ۔ سُہ روقبہٕ یتھ الگ الگ پچھَن مالیہٕ کھسہٕ۔ ۳۔ نہ لوٚان۔ یہِ نہٕ سپد تھ ہیٚکہِ۔ یہِ نہٕ بیٚٹہِ۔ یہِ نہٕ مُمکِن آسہِ۔ کُٹھٕر۔ کرٛۄٹھ۔ دُشوار۔ ناچھگن۔

**محالات۔** "محال" لفظُک جمع۔

**محالِ عادی۔** کٲم یتھ کوتِدٕ آسہِ غلط کھژہِ۔ یتھ کامہِ دُسلابے ولٹہٕ آسہِ۔

**محالِ عقل۔** یہِ نہٕ عقلِ ویٚتِھ۔

**محالِ مُطلق۔** یہِ بلکُل ناممکِن آسہِ۔ یہِ نہٕ ہرگز سپدِ۔ کرٛۄٹھ۔ کُنٛڈُر۔ یہِ نہٕ کُنہِ تھِنے ہیٚکہِ۔

**محال ہونا۔** ڪٺو ٿڪ آھن ۔ ڏشوار آھن ۔ ناممڪن آھن ۔

**محامد۔** [ ت ۔ م ۔ حا ۔ مِد ۔ ع ۔] ڳڻ ۔ صِفتُون ۔ ڳڻَ ۔

**محاورات۔** "محاورہ" لفظ جو جمع ۔

**محاورہ۔** [ ت ۔ م حا ور ہ ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔ ۱۔ محاوري سان جملي جيڪا ٿي پھريَن ماني نہ آھي ۔ ۲۔ ڳالھہ ڪرڻ جو محور آھن ۔ ماهر آھن ۔ وڌو ستادِل اھو آھي ۔ اھڙي آھن ۔

**محاورہ پڑنا۔** اهل سيدن، گڏھڻ محورِ گڏھڻ ۔ پوء آھن ۔

**محاورہ ڈالنا۔** اهل ڪرڻ ۔

**محب۔** [ ت ۔ م ُ حِب ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔ سُريَن حُب آھي ۔ ٿوٺو ۔ يار ۔ همدرد حُب ۔

**محبت۔** [ ت ۔ م حَب بَت ۔ ع ۔ مؤنث ] ۔ ۱۔ لول ۔ پريم ۔ ماڪي سو جيتنو ۔ ۲ ۔ عشق ۔ مالي ۔

**محبت اُچھلنا۔** لول وولسس ڦين ۔

**محبتانہ۔** لولي ۔ لولي ۔ مالبي ۔

**محبت آمیز۔** لولہ ہوٽ ۔ مابہ ٿير پہ ۔

**محبت آنا۔** لول ٿين ۔ ماسے وڌ تلتو بيٺو ۔

**محبت بڑھانا۔** لول ٻا گرڻ، ماسے سو جيتنو ورتاڻون ۔

**محبت بڑھنا۔** لول گرٽ ڍهڻ ۔ پريم سيدڻ ۔ دوستي گرٽ ڍهني ۔

**محبت بھول جانا۔** ماسے ٿنشرني ۔ آدابي پہ روزني ۔

**محبت پر نازاں ہونا۔** دوستي بيٺو نازڪرني ۔

**محبت پیدا کرنا۔** لول ورتاڻون ۔ ماسے سو جيتنو ورتاڻون ۔ عشق ڪرڻ ۔

**محبت ترک کرنا۔** سو جيتنو تراوڻ ۔ ماسے تراوني ۔ ياراڻي پہ روزڻ ۔

**محبت جتانا۔** لول ٻاڻون ۔ سو جيتنو ٻاڻون ۔

**محبت رکھنا۔** لول ورتاڻون ۔ دوستي ٿفوني ۔ ڪاٿي ٿيس شرماسے ٿفوني ۔ ياراڻي ٿفوڻ ۔

محبت کا آغاز۔ موحبتُک گوڈ۔
اُشقُک آغاز۔
محبت کا اثر۔ موحبتُک تاثیر۔
محبت کا اظہار کرنا۔ موحبتُک
اِظہار کرُن۔ لول پاوُن۔ لول ترُن
محبت کا اقرار۔ موحبتُک لوئک
انکار۔ لوئس لول ورناوُن۔
محبت کا انجام۔ موحبتُک نتیجہ۔
موحبتُک بھُل۔
محبت کا بازار۔ موحبتُک بازر۔
(ورگہ پاٹھی) دُنیا۔
محبت کا بندہ۔ لولہ غولام۔
لولہ بوچھہ۔ لولہ بیمار۔
محبت کا بھوکا۔ وُچھو "محبت کا بندہ"
محبت کا بیمار۔ لولہ بیمار۔ یتیم
کا ٹیہ پیتھ ہورمُت آسیہ۔
(ورگہ پاٹھی) عاشق سدھن بدنظر۔
محبت کا جوش۔ لولہ نار۔ لولہ تپ۔
محبت کا درد۔ لولہ بیماری۔ عشقہ
تپ۔
محبت کا دم بھرنا۔ عشق باوُن۔

موحبتھ باوُن۔ موحبتُک اظہار
کرُن۔ کاٹیہ ہیڈ موحبتُک
داوا کرُن۔ کاٹیہ بڑیتھ وڑ یاد
کرُن۔
محبت کا دم مارنا۔ عاشقی ہندر
دم دِنی۔ لول تفپکُن۔
محبت کا راز۔ رازِ موحبتھ۔
لولہ راز۔
محبت کا گرفتار۔ مایہ وڈلمُٹ۔
کنجی آورُمُٹ۔ لولہ موٹت۔
محبت کامل ہونا۔ پوڑ موحبتھ
آسُن، لول آسن۔
محبت کا نام نہ ہونا۔ ناوس
سُومب نہ بہ لول آسُن۔ بلکل
نہ مارے آسِنو۔ آدائی نہ آسِنو۔
محبت کرنا۔ لول ترُن۔ پریم
کرُن۔ عشق کرُن۔
محبت گل۔ سارنے سِننی لول
ورناوُن۔ سارنے ہنڈ دوس۔
محبت کم کرنا۔ لوئس زوراژُن۔
لوئس فرق بینُو۔

محبت کی اِنتہا۔ سِبھڑا موحبتھ۔ سِبھڑا لول۔ سَخ لول۔

محبت کی بُو۔ لولہ بوے۔ اُلفتِچ خوشبوے۔

محبت کی دُنیا۔ عشقہ بازر۔

محبت کی روداد۔ موحبتک اوحال۔ موحبتک قصہ۔ لولہ کتھ۔

محبت کے فسانے۔ لولہ کتھۂ۔ لولہ ڈلیل۔ موحبتچ داستان۔ عشقہ ڈلیلہ۔ لولہ قصہ

محبت کی گرمی۔ لولہ نارو جنگ جوش۔

محبت کی گفتگو۔ لولہ باوتھ۔

محبت کی نگاہ۔ لولہ نظر موحبتچ نظر۔ مایہ بجنر نظر۔

محبت کی نگاہیں نہ چھپنا۔ تہ ڈیشتھ کہ موحبتھ چھپنہ تھوَو روزان۔ لول چھ کلہِ کڈان

محبت میں۔ لولہ پتھ۔ کل۔

محبت نامہ۔ موحبتھ نامہ۔ لولہ نامہ۔ لولہ شیچھ۔

محبت نایاب ہونا۔ مایے موحبتھ نہ روزِ نی۔ ماتُن زانُن نہ روزُن۔

محبت نہ ہونا۔ موحبتھ نہ آسُن۔ لول نہ آسُن۔ پریم نہ آسُن۔

محبت ہونا۔ عشق گژھُن۔ موحبتھ گژھُن۔ کل گژھنی۔ موحبتھ آسُن۔

محبتی۔ مُتزھبیل۔ مایہ ہوٚت۔ محبتی۔

محبس۔ [ت۔ مَح بِس۔ ع۔ مُذکر]۔ بائندی وان۔ جیل خانہ۔ قاد خانہ۔

محبوب۔ [ت۔ مَح بُوب۔ ع۔ مُذکر]۔ ۱۔ ٹوٹھ۔ محبوب۔ یار۔ یَس سیتھ لول ورتاوی زِ۔ یتھ پیتھ آور مست آسی ز۔ ۲۔ ماشوق۔ مدُن۔

محبوبِ الٰہی۔ خودایہ سُند ٹوٹھ۔ حضرتِ نظام الدین صابُن لقب۔

محبوبِ حق۔ خودایہ سُند ٹوٹھ۔ آنحضرت۔

محبوبِ خدا۔ خودایہ سُند ٹوٹھ۔

حضرتِ محمدؐ۔

**محبوبِ کبریا**۔ وُچھو "محبوبِ خدا"۔

**محبوبہ**۔ ٹاٹھ۔ مدنی۔ ماشوق۔

**محبوبِ یزداں**۔ وُچھو "محبوبِ خدا"۔

**محبوس**۔ [ت۔ مَحْبُوْس۔ ع۔ مُذکر]۔
قیدی۔ بانْدی وان لوُدمُت۔

**محتاج**۔ [ت۔ مُحْتاج۔ ع]۔ ۱۔ حاجتمند
موحتاج۔ بَنْدُ لگیتھ۔ ۲۔ یُس
اَتھہٕ تنگ آسہِ۔ مُفلِس۔ غریب۔
پھورتہٕ۔ ۳۔ آویزِ۔ تَل۔ ۴۔ تَرِ
زنگہِ گومُت۔

**محتاج الیہ**۔ یُس نہٕ کانْسہٕ اَتھہٕ روٗٹ
کرِ نٕس آسہِ۔ بٹےکس۔

**محتاج خانہ**۔ سَرائے۔ بیٚنتہٕ غریب
کھیاونہٕ چاوہٕ بیٚن۔

**محتاج کرنا**۔ ۱۔ غریب بناوُن۔ اَتھہٕ
دارنٕس نھاوُن۔ موحتاج بناوُن
۲۔ جِسمک کانْسہٕ تان کھوٹھ زد
کرُن۔ نوتوان کرُن۔

**محتاجگی**۔ مجبوری۔ حاجتھ مُندی۔
لاچاری۔ موحتاج آسُن

آویز آسُن۔

**محتاج ہونا**۔ ۱۔ موحتاج آسُن۔
بَنْد آسُن۔ چھورتہٕ آسُن۔ ۲۔
تَرِ زنگہِ گومُت آسُن۔

**محتاجی**۔ ۱۔ موحتاجی۔ مجبوری۔
لاچاری۔ ۲۔ ضرورت۔ حاجتھ۔
۳۔ غریبی۔ تنگدستی۔ اَتھہٕ تنگ
آسُن۔ نہ آسُن۔ غوربتھ۔

**محتاط**۔ [ت۔ مُحْتاط۔ ع]۔ یُس
وُچھتھ دٲچھتھ پکہِ۔ یُس
ہیُر پکہ۔ موحتاط۔

**محتال**۔ [ت۔ مُحْتال۔ ] بہاہٕ گور۔
ہیتہٕ گور۔ یُس ہیتن زاگہِ۔

**محتجب**۔ [ت۔ مُحْ تَ جب۔ ع]۔
گُپتھ۔ ژھایہٕ۔ کنسِتھ۔

**محترز**۔ [ت۔ مُحْ۔ تَ۔ رِز۔ ع]۔
یُس لوب روزِ۔ لوب ہیتہٕ ودل۔
پیتھ ہیتہٕ ودل۔

**محترفہ**۔ [ت۔ مُحْ۔ تَ۔ رِفہ۔ ع]۔
۱۔ کارکسب زانن والی ہنرمند
شکھ۔ کارگر۔ پیشہ ورشکھ۔

۲- زِچ - یوسہٕ اَتھہٕ کأم کرٕنۍ والیس
بیترٕ ہیتہٕ یوان چھِ - کأرگرٕن
بیترٕ ہِنٛد ٹھیکس -

**محترم** - [ت - مُح - ت رَم - ع - مذکر] -
یزتہٕ وول - یُتھ آدرسنٛکار
گژھِ کرنہٕ یس سُہ مان تھون ز -
تأظیمس لایق -

**محتسب** - [ت - مُح - تَ - سِب ] -
۱- پزٕژھہ کار کرن وول - ٹھاکھ
کرن وول - کُٹوال -

**محتسبانہٕ** - پزٕژھنہٕ پأٹھۍ - حِساب
ہیتہٕ پزٕژھ -
لُکہٕ کتھ :-

**محتسب را درون خانہ چہ کار** -
ترٕ پیٹھ گوب کأم تُسِ یزتہٕ کأمہِ
ہٕنٛدٕ ین اندرٕ وٕنی مالمان مُنتظر
دخل دِیُن - کأنہِ کیا چھُ مُلکہٕ
ہٕنٛدٕ ین مالمن ہٕنٛد ژھینی
مُ: کھنٛتری یا حامس گتھ چھِ
ز نگے تزاوی -

**محتسب گر مے خورد معذور دار مست را**

مُ: پاتس پپر بیٹھس طبابتھ

**محتشم** - [ت - مُح - تَ شَم - ع] -
یُس بجرٕ تہٕ تعزز آسہِ - حشمتہٕ
وول - یُس کر فر آسہِ -
یُس سخ ٹھکہٕ ٹھکہٕ آسہِ -

**محتکر** - [ت - مُح - تَ - کِر - ع] -
غلہٕ دار -

**محتلم** - [ت - مُح ت لِم - ع - مذکر] -
یُس جُھٹہٕ گژھہِ - یَس
نبیٖجہٕ رِ متھر شیطان لگہِ -

**محتمل** - [ت - مُح - تَ - مِل - ع] -
یہٕ مُمکِن آسہِ - یتھ مُتعلق شکھ
آسہِ - ہیمیہٕ ہُند گُمان آسہِ -

**محتوی** - [ت - مُح تَ وی - ع] -
بیمہٕ سیتھ وِ حاط کرِ ز -
گیر کرن وول - حاط کرن وول -

**محجوب** - [ت - مَح - جوب - ع] -
۱- پوشید، کھٹتھ - گُپتھ
پردس تل - ۲- شرمشد -
مُنجل - نادِم -

**محجوب الارث** - یُس وارثہٕ نِشہِ محروم کرنہٕ
آسہِ آمُت - اَزل -

پڑنکھ آسکھ ونِتھمُت - تُری کہ
تَشنہٕ محروٗم گرٕنہٕ آمُت -

**محدّب** - [ت - مُ - حَدْ دَب - ع] -
بَڈ کُڈِتھ - یِتھ بَڈ آسہِ
نِیٚبر کُن -

**محدث** - [ت - مُ + حَدْ + دِث - ع] -
۱ - حدیث زانَن وول - حدیثچ
رِیوایتھ کرن وول - ۲ - نو
کتھا وَنَن وول - نو براَنَن وول

**محدود** - [ت - مَح - دُود - ع] -
۱ - گنڈِتھ - بنْد - یتھ حاطہٕ
گنڈِتھ آسہِ - بڈ نہٕ آسنہٕ
روٗس آسہِ - لوٚز نتھ - ۳ - کم -

**محذوف** - [ت - مَح - ذُوف - ع] -
۱ - حذف کورمُت، کھیتومُت -
کڈنہٕ آمُت - ۲ - گرامرِ حسابہ
یُس حرف یُس حذف آسہِ
کورمُت - آگ کورمُت -

**محراب** - [ت - مِح - راب - ع - مونث] -
۱ - محراب: کیہ یا بیتہٕ نِگس
بینِز کوٚڈمُت قوس - ۲ - ممبر
مسجدِ منز امام بِہنہٕ جاے -
۳ - تراوِیح نمازِ منز پرنہٕ
ینہٕ واجِبی قِرأت - ۴ - کوٹھر
چِلہِ کوٹھر - ۵ - تار - ڈاٹوٹھ وار
طاق -

**محراب دار** - محراب دار -
کمان ہیو - قوس دار -
یِتھ قوس کُڈِتھ آسہِ -

**محرابگہ** - سجدہ گاہ - شُہید منز
مسجدِ ہنز جاے -

**محرابی** - ۱ - مُشبہ - مسجد -
۲ - کمانی چالہِ شمشیر -

**محرّر** - [ت - مُ - حَر - رِر - ع - مذکر] -
۱ - مُنشی - عرضی نوٚیس، یُس
تحریر لیکھنہٕ نگان آسن -
مُحرر - ۲ - اہلمد - عدالتُک
کلارک - یُس مثلہٕ مَنڈِ آسن -

**محرّرانِ فلک** - ستہٕ گرہہ -

**محررہ** - لیوکھمُت - تحریر کورمُت -

**محرّری** - منشی گری - مُحرِر
سُنز کام -

**محرف ۔** [ت ۔ مُ ۔ حَرْ ۔ رَف ۔ ع] ۔
۱۔ کینژہ لیکھہِ منز قلم ژانن وول
کُنہ کتھِ بدلن کینژہ ہار لاون
وول ۔ ۲۔ یتھ قلم ژامت آسہِ ۔
یتھ ستی کینژہ ہا لگتھ تھونہِ
آمت آسہِ ۔

**محرق ۔** [ت ۔ مُحْ ۔ رِق ۔ ع ۔ مُذکر] ۔
بتہ ستی نار لگہِ ۔

**محرفہ ۔** [ت ۔ مُحْ ۔ رِفہ ۔ ع ۔ مؤنث] ۔
زالن وول ۔

**محرک ۔** [ت ۔ مُحْ ۔ رِک ۔ ع ۔ صفت] ۔
۱۔ بتہ ستی زیر لگہِ ، وُتلُن لگہِ ۔
۲۔ یُس ہسن دِیہ ، اکساوِ تُلہِ ۔

**محرم ۔** [ت ۔ مُحْ ۔ رِمْ ۔ ع ۔ مُذکر] ۔
یُس احرام گنڈتھ آسہِ ۔ یُس
کفنی وُلتھ آسہِ ۔

**محرم ۔** [ت ۔ مَحْ رَم ۔ ع ۔ مُذکر] ۔
۱۔ سُہ نزدیکھ رشتہ دار یُس
ستی نہ نکاح جائز آسہِ ۔ ۲۔ سُہ
یُس زنن نہ پردہ کران چھہ ۔
۳۔ واقف کار ۔ زانی کار ۔
ولیوٗد ۔ زانی ۔ رازس واقف ۔
۵۔ باڈی ۔ وُچھہِ تھیتھ ۔
وُچھہِ وُلیتھ ۔

**محرمِ اسرار ۔** سر بوج ۔ رازدان ۔
ہیتھیوٗد ۔

**محرم راز ۔** وُچھو "محرم اسرار"

**محرم کار ۔** یُس کُنہِ کامہِ کارس
واقف آسہِ ۔ ماہر ۔ تجربہ کار ۔

**محرم کرنا ۔** سرس واقف کرُن ۔
کانسہِ سر باوُن ۔

**محرم ہونا ۔** واقف آسُن ۔ واتِتھ
آسُن ۔ محرم آسُن ۔ ہیتھیوٗد آسُن ۔

**محرم ۔** [ت ۔ مُ + حَرْ رَم ۔ ع] ۔
۱۔ ہجری حسابہٕ وُری ہیک
گوڈنیک رتھ ۔ ۲۔ دوہ کھ
جُنگلی دوہ ۔ ماتمُک رتھ ۔

**محرم کا سپاہی ۔** مُسلمانن ہُند
اکھ رسم یتھ موجوب کانسہِ
شُرِس عاشورٕ کین دوہن
سبز پلو لاگان چھہ ۔

**محرم کا مسالہ ۔** نزتھ کھوترِس

تہٕ تُرنہٕ دانہٕ وٕلہٕ ہنٛزٕ مُت
اَکھ کھیتہٕ بٲو ۔

**محرم کی پیدائش** ۔ وٕ پہٕ وُن تُشر
ریتھٕ کٕلٕ تُشر ۔

**محرمات** ۔ [ت ۔ مُ حُرّ رَ مات ۔] ۔ ۱۔ سُہ
کپُڑ یَتھ زٕری تہٕ سلمہٕ چھاوِتھ
آسہٕ ۔ ۲۔ اکہٕ قسمُک پشمینہ کپُڑ
۳۔ تِم چیز یم حرام آسن ۔

**محرور** ۔ [ت ۔ مَحْ رُور ۔ ع] ۔ وٕوَل
یُس وٕلہ شورہٕ ۔ تیز وٕش ۔

**محرور المزاج** ۔ وٕوَل تیز وٕش ۔

**محروسہ** ۔ [ت ۔ مَحْ رُوسہ ۔ ع ۔ مؤنث]
کٲنسہٕ مانحتہٕ ۔ کٲنسہٕ تَل ۔

**محروف** ۔ [ت ۔ مَحْ رُوف] ۔ دُودمُت
خستہٕ گومُت ۔

**محروم** ۔ [ت ۔ مَحْ ۔ رُوم ۔ ع] ۔
۱۔ یَتھ ٹھاکھ آسہٕ ۔ بےحرام
آسہٕ ۔ یَتھ حمٲیتھ آسہٕ ۔
۲۔ بدقسمتہٕ کوٚدمُت ۔

**محروم الارث** ۔ یُس پرٕتکھ
آسکھ دِتِھمُت ۔ اُزل ۔

**محروم پھیرنا** ۔ ناوومید گژھتھ
واپس یُن ۔ زٕھری اَتھہٕ ہیتھ
واپس یُن ۔

**محروم چلنا** ۔ وُچھو "محروم پھیرنا" ۔

**محروم رکھنا** ۔ ناوومید کرُن ۔
زِھر وٕپے اَتھو واپس کرُن ۔
جواب کرُن ۔

**محروم رہنا** ۔ جواب سپدُن ۔
ناوومید گژھُن ۔ اَتھہٕ ہاوان
واپس یُن ۔

**محروم کرنا** ۔ ۱۔ کٲنسہٕ غصب کرُن ۔
حق کھیوٚن ۔ ۲۔ ٹھاکھ کرُن ۔

**محرومی** ۔ ناوومیدی ، ناکامی ،
بدنصیبی ۔

**محزون** ۔ [ت ۔ مَحْ ۔ زُون ۔ ع] ۔
اوزُرد ۔ یُس ملالہٕ گوٚمُت آسہٕ ،
رُوشمُت ۔

**محسن** ۔ [ت ۔ مُحْ ۔ سِن ۔ ع] ۔
۱۔ احسان کرَن وول ۔ لادن
تھوَن وول ۔ بیٚتر مینتھ
کھسہٕ ۔ اَتھہٕ روٹ کرَن وول ۔ ڈوکھ

**مُحسن کُش** ۔ یُس ایٚحسان کرَن
وٲلِس پیوٚر بدی ورتاوِ ۔ یُس
نہٕ آدٲبی روزِ ۔

**مُحسن کُشی** ۔ ایٚحسان کرَن وٲلِس
سٟتھ بدل پیوٚر بدی ورتاوِ ۔
رِتِس کڈٕنت کرُن ۔

**محسوب** ۔ [ت ۔ مح ۔ سوب ۔ ع] ۔
گنزرنہٕ آمُت ۔ حسابس کھورمُت ۔
کھاتس تورمُت ۔ مُجرا دِتیمُت

**محسوب ہونا** ۔ حسابس تراوُن ،
ناوس لیکھُن ۔ کھاتس تراوُن

**محسود** ۔ [ت ۔ مح + سود ۔ ع] ۔ یُس
سٟتۍ ضِد ورتاوُنہٕ آسہِ
یُس اَزرُون کوٚڈمُت آسہِ

**محسوس** ۔ [ت ۔ مح سوس] ژیوِتھمُت
یہِ ژیننہٕ ییہِ ۔ محسوس ۔ بہِ
ژہینہٕ ییہِ ۔

**محسوسات** ۔ "محسوس" لفظُک جمع

**محشر** ۔ [ت ۔ مح + شر ۔ ع] قیامت
روزِ حساب ۔ محشرُک دۄہ ۔
قیامتُک دۄہ یوکن سٟتہٕ جمع سپدُن

(اِشارٕ یا کٹھی) ہیُو ۔ شور ۔
م ۔ رازِ دِل کوئی کہے لاکھ میں کیونکر اپنا
داورِ حشر جدا چاہیے محشر اپنا

**محشر بپا ہونا** ۔ ہیُو وۄتھُن ۔
سخ شور نہٕ کرٕکہٕ ناد وۄتھُن ۔

**محشر تک** ۔ قیامس تام ۔ ہمیشہٕ ۔
م : کوئی ملتا ہے داغ دِل آپ داغ
یہ جلے گا چراغ محشر تک

**محشر خرام** ۔ (اِشارٕ یا کٹھی) مدُن ۔
ماشوق ۔ مُ ۔ تیز تھٕ ہیوٚہ ۔

**محشر زا** ۔ یُس تیز پٕنزن پھیرِ
ہیمہٕ سیٹھی ہیُو وۄتھہِ ۔

**محشر قد** ۔ وُچھِو "محشر خرام" ۔

**محشر کی چال** ۔ (زنانہٕ ہُند)
تیتھ کٕنۍ پکُن ہیمہٕ سیٹھی کرنہٕ
قیامت وۄتھہِ

**محشر میں گواہی دینا** ۔ محشرک
دۄہ شہادت دِنۍ ۔

**محشری** ۔ قیامتکۍ ۔ محشرکی ۔

**محشور** ۔ یُس قیامتس دۄبارٕ
زِندٕ کرنہٕ ییہِ ۔

**محشّے۔** [ت۔ مَ حَش شا۔ ع] (اِکتاب)
یَتھ ٹیکا کرنہٕ آسہِ۔ حاشیہ دار۔
یَتھ حاشِیَس پیٹھ تشریح نہٕ
دِتھ آسہِ۔ شرح دار۔

**محصل۔** [ت۔ مُ حَص صَل۔ ع]۔
سوصول رَٹن وول۔ گرُزُک
سُہ مُلازِم یُس ٹیکس ییتہٕ رَٹان
آسہِ۔ گُرزٕ وان۔

**محصنات۔** [ت۔ مُ حَص نات۔ ع]۔
"محصنہ" لَفظُک جمع۔ رِژٕ
زنانہٕ۔ نیک زنانہٕ۔

**محصنہ۔** [ت۔ مُ حَص نہٕ۔ ]۔
صالح زنانہٕ۔ پاکدامن نہٕ خوددار
دوس زنانہٕ۔ شِلہٕ مان۔

**محصور۔** [ت۔ مَح صور۔] بَنْد۔ گیوٗرمُت
وَلمُت۔

**محصورین۔** "محصور" لَفظُک جمع۔

**محصول۔** [ت۔ مَح صول۔ ع۔ مذکر]
کرایہ۔ موٗد کھرزج۔ ٹیکس۔

**محصوٗل۔** ۱۔ نتیجہ۔ ٹیکس کِتھ ییتہٕ
ٹیکس دِنُن پیوان۔ ۲۔ سے زمین

...ییٹھیک مُجوزٕ داغلِ سرکار
سپدان آسہِ۔

**محض۔** [ت۔ مَ حَض۔ ع]۔ ۱۔ صِرف۔
فَقط۔ محض۔ ۲۔ خالِص، چھرا۔
۳۔ ہیتہٕ لِہٕ، پوٗرٕ، بِلکُل۔

**محضر۔** [ت۔ مَح۔ ضَر۔ ع] ۱۔ اسمن جای۔
۲۔ سُہ کاغذ یَتھ پیٹھ قاضی سُند
موہَر ییتہٕ آسہِ۔ تصدیق
کرنہٕ کاغذ۔ ۳۔ تصدیق کرنہٕ
مُحلہٕ والین ہُند تحریر ییتہٕ تحضر۔

**محضر کرنا۔** تحریرس تصدیق ییتہٕ
کرُن۔ تحریر آنیکھن۔ کاکد
کرُن۔ محضر کرُن۔

**محضرنامہ۔** ۱۔ محضرنامہٕ۔ سُہ
کاغذ یَتھ شہادژ نہٕ تصدیق
ییتہٕ کرنہٕ آسہِ (خاص کٔرِتھ
مُحلہٕ والین ییتہٕ سُند)۔ ۲۔
عرضداشت۔ دَرخاس۔

**محظوظ۔** [ت۔ مَح ظوٗظ۔ ع] خوش
شاد۔

**محفل۔** [ت۔ مَح۔ فل۔ ع]۔ سَبھ۔

سبھا ۔ مجلِس ۔ مُحفِل جلسہ سمٲت ۔

**محفل پر چھانا** ۔ مجلسہِ اَنْدر سارِنے زننہٕ جود کرُن ۔ مُحفِلہِ رنگ کھارُن ۔

**محفلِ رقص وسرود** ۔ سو محفل یتھ منز نژُن تہٕ گیوُن آسہِ ۔ گیوَن مُحفِل ۔

**محفل سرد پڑنا** ۔ مجلسہِ رونق موکلِنہٕ بَشگہٕ زٕر گژھنہٕ ۔

**محفل سے اُٹھانا** ۔ محفلِ منز کڈُن مجلسہِ منز کڈُن ۔ کڈِتھ ژھنُن ۔

**محفل سے اُٹھنا** ۔ ۱ ۔ محفلِ منز وۄتھِن ، نیرُن ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ) دون ۔

**محفل سے بدر کرنا** ۔ مجلسہِ منز بر نیبر کڈُن ، کڈِتھ ژھنُن ۔

**محفل عروسی** ۔ سٕب ۔ سالہٕ سب ۔

**محفل کرنا** ۔ ۱ ۔ مجلس لاگنی ۔ ۲ ۔ گیوَن محفل لاگنی ۔

**محفل گرم رکھنا** ۔ محفل گرم تھونی مجلسہِ نشوب انِنی ۔

**محفل گونج اُٹھنا** ۔ مجلسہِ اَنْدر ژوِ وایٲری واہ واہ کرہٕ ہُن ، ژرِ لوٚب تہٕ ژرِ پوٚپ کرہٕ ہُن ۔

**محفوظ** ۔ [ ت ۔ مَح + فُوظ ۔ ع ۔ ] ۔ ۱ ۔ بچِتھ ۔ حِفاظتہٕ سان ۔ سمبٲلِتھ ۔ رٔچھِتھ ۔ ۲ ۔ حِفظ نہٕ ۔ زبانی یاد ۔ آز بر ۔ زبوِ پیٹھ بیٹھِ ۔

**محق** ۔ [ ت ۔ م + حَق ۔ ع ] ۔ یُس حق آسہِ ۔ یُس وُنِ واتہٕ ۔

**محقر** ۔ [ ت ۔ مَ ۔ حَق ۔ قَر ۔ ع ] ۔ یُس حقارتھ آسہِ کرہٕ ۔ آہش کوٚڈمُت ۔ ذٔلیل کوٚرمُت ۔

**مُحقق** ۔ [ ت ۔ مُ ۔ حَق ۔ قِق ۔ ع ] ۔ ۱ ۔ سُہ یُس تحقیق کرِ ۔ یُس کُنہِ چیزس وارِ پٲٹھۍ سنہ ۔ مُحقق ۔ ۲ ۔ یہ تحقیق کرہٕ آسہِ آمُت ۔

**محققانہ** ۔ تحقیق کرہٕ پٔٹھی ۔ تحقیقہٕ پٔٹھی ۔

**مُحققین** ۔ "مُحقق" لفظک جمع ۔ تحقیق کرن والی ۔

**محک** - [ ت - مَ حَک / مِ حَک - ع ] - کہوئٹ - کاہ -

**محکم** - [ ت - مُحْ + کَم - ع - ] - دوَر - مضبوط - پایدار - مُستقل - پونشر وُن - محکم - یٹیں نہ آلیہ یا ڈلیہ -

**محکمات** - قرآنِ مجید کی نم آیہ یہمن صاف مانے آسیہ - یتھہ ٹاکار مانے آسیہ - یہیمنک مطلب نوئن آسیہ -

**محکمہ** - [ ت - مَحْ - کَ - مَہ - ع - مُذکر ] - ۱ - عدالتھ - کچہری - محکمہ - ۲ - ڈیپارٹمنٹ - سَرشتہ -

**محکوک** - [ ت - مَحْ + کوک - ع - ] - ۱ - رُلتھ - یتھ تِجھنہ آسیہ آمُت - کھوٹمُت - ۲ - کرُائکہ یتھ بیٹھ کیتہ کھنتھ آسیہ -

**محکوم** - [ ت - مَحْ + کوم - ع ] - ۱ - حُکم کرنہ آمُت - ۲ - کاتُسہ تابِع یا ماتحتھ - ۳ - کاتُشتل - کاتُسہ آویز - ۴ - نوکر - غولام -

**محکومہ** - حُکم دینہ آمُت - حُکم دِتھ مُت

**محل** - [ ت - مَ + حَل - ع ] - ۱ - مندور - محلہ خانہ - ۲ - روزن جاے - محل - ۳ - تھکہ بیٹھنڈ - ۴ - تھفرز بجر - ہد - مان - ۵ - موقہ - محل فُرصتھ - ۶ - رانی - ملی کانی -

**محلات** - "محل" لفظُک جمع -

**محل اُٹھانا** - مندور کھارُنی - محل بناوُن -

**محل بنانا** - (اشارہ پاٹھی) حرم خانس منز تھاوُنی - حرم بناوُنی -

**محل پانا** - فُرصتھ بنُنی - محل بنُنی -

**محل چنوانا** - مندور کھارُنی - مندور لدُنی -

**محل خاص** - خاص رانی - زِٹھ ملی کانی -

**محل خانہ** - بادشاہ بینز مُستقل محلہ خانہ - محلہ خانہ -

**محلِ خطر** - یتہِ تِس یا ییمہِ سِتی خطر وانِہ -

**محل دار** - محلہ خانُک حِفاظتھ کرن وول - راچھ در -

**محل دارنی** ۔ جونگی دریاے ۔ محلیچ
راچھ دڑنی ۔
**محل سرا** ۔ ۱ ۔ حرم خانہ ۔ محلہ خانہ ۔
خوجہ یاین ہنیز روزن جاے ۔
۲ ۔ حرم خانیچ راچھدر یاے ۔
**محل کی زبان** ۔ پادشاہ زادہن بینیز
ہنیز زبان ۔ زنانہ زبو ۔
**محل نظر** ۔ بیتنہ تس سوچن پیز ۔
بیتنہ تس اعتراض کرن پیز ۔
**محلی** ۔ خاجہ سرا ۔ حرم خانگ زنیٹھ ۔
**محلّل** ۔ [ت ۔ مُ حَل لِل ۔ ع] ۔ بیتمہ
ستی گلیتھ زل گزتھہ ۔
**محلول** ۔ حل کورمت ۔ گاٹینہ رلتو مُت
**محلہ** ۔ [ت مُ حَل ۔ لہ ۔ ف] ۔ ۱ ۔ محلہ ۔
شہرنگ کاٹھہ تہ حصہ یا اکائی
**محلہ خموشان** ۔ داشارپاٹھی ملہ گذار ۔
قبرستان ۔ شمشان ۔
**محلہ دار** ۔ ۱ ۔ محلہ زنیٹھ ۔ ۲ ۔ وانکل
ڈوئن وول یا محلہ دار ۔
**محلّے** ۔ [ت ۔ مُ حَل لا ۔ ع] سیجو مُت
شنورمت ۔ پیورمت ۔ بیتھ

پاراو کورمت آسہ ۔
**محمّد** ۔ [ت ۔ مُ + حَم + مَد ۔ ع] ۔
پاغمبر اسلام صلعم شُتہ نام مبارک ۔
**محمدت** ۔ ناریف ۔
**محمدی** ۔ پاغمبر اسلام شُتہ پارو کار ۔
عضرت محمد صاحب اُمتی ۔
**محمل** ۔ [ت ۔ مَح مِل ۔ ع ۔ مذکر] ۔
۱ ۔ تہ بیتمہ ستی کتھہ بینیز دربر
گزتھہ ۔ بیتمہ ستی تاہینہ کرنہ
بیتہ ۔ ۲ ۔ ووشنہ شُتہ زین ۔
ووشنہ شُتہ ہودہ ۔
**محمل نشین** ۔ شر بُس ووشنہ ہودس
منز سوار آسہ ۔
**محمود** ۔ [ت ۔ مَح ۔ مُود ۔ ع] ۔ ۱ ۔
یتھہ ناریف کری منی آسن ۔
گونہ وان ۔ گونہ سوو ۔ ۲ ۔
ناصر الدین سبکتگین شُتہ
اصلی ناو ۔ ۳ ۔ پاغمبر خوداے
شُتہ اکہ صفتی ناو ۔
**محمودی** ۔ ت زارہ ململ ۔ ۲ ۔ عربکر
اکہ پیلکس ناو ۔ ۳ ۔ افغانی

ھُئِنِ اُکھ ذاتھ ۔

**محمول** ۔ [ت ۔ ح ۔ مؤل ۔ ع ۔ مُذکر]
۱۔ (بور بینِزِ) لوڈمُت ،
بوڑمُت ۔۲۔ اُٹکرِ ون ۔
اَندازِ ۔ تربینُن ۔ ماتے کڈُن ۔

**محمول علیہ** ۔ یَس مُتعلق اَندازِ
کرَنِ ییہِ ۔

**محمولہ** ۔۱۔ اوَہر کوڈمُت ۔ یَنِھ اَندازِ
کرَنِ آسیہ آمُت ۔ اوَہر کُڈِتھ ۔
۳۔ سامانِ بینِزِ لوڈمُت ۔ اَندازِ
کوڑمُت ۔ مانے بینِزِ کوڈمُت

**محن** ۔ [ت ۔ م ۔ حَن ۔ ع ۔] "محنت"
لفظُک جمع ۔ دوکھ تَکلیف
بِذا سَخنینہِ ۔

**محنت** ۔ [ت ۔ ح ۔ نت ۔ ع ۔ مؤنث]
۱۔ حَکھُن ، میٹجنتھ ، مشقت ۔
۲۔ مزوُری ۔ کام کار ۔۳۔
مزوُری ۔ کامِ ہُنزِ اُجرَتھ ۔
روزی بایِہ ۔۴۔ دوکھ ۔ بِذا ۔
تکلیف ۔ سَخنی ۔

**محنت اُٹھانا** ۔۱۔ دوکھ نِلُن "تکلیف برداشت کرُن ۔
بِذا نِلُن ۔ مشقت کرِنی ۔
تَکھُن ۔۲۔ زُور ژُلُن ۔ سَخ
جکھُن ۔ سیٹھا کوشش کرِنی ۔

**محنت اکارت جانا** ۔ میٹجنتھ
ضایہ گژھنی ۔ میٹجنتھ کولہِ
گژھنی ۔

**محنتانہ** ۔ وکیل سُند فیس ،
مزوُری ۔ میٹجنتانہ ۔ م ۔
میرے وکیل بنے ہیں جو حضرت ناصح
یہ فکر ہے انہیں کیا دوں محنتانے میں

**محنت برباد جانا** ۔ وچھو
"محنت اکارت جانا"۔

**محنت برباد کرنا** ۔ زُور ژُلُن
راوُن ۔ زُور ژُلِتھ نہ اَکھ
کیتھ ہیُن ۔

**محنت ٹھکانے لگنا** ۔ میٹجنتھ
رَتھ کھسنی ۔

**محنت رائگان ہونا** ۔ میٹجنتھ
ضایہ گژھنی ۔ میٹجنتُک پھل
نہ میلُن ۔ میٹجنتھ نہ بوٹھ کھسنی ۔

**محنتِ شاقہ۔** سخ میٚحنتھ۔ سٚخ
تچکھُن۔

**محنت کرنا۔** ا۔ کوشِش کرٕنۍ۔
تچکھُن۔ ۲۔ مۆزوٗری کرٕنۍ۔ کام
کرٕنۍ۔ ۳۔ لاگنے کرٕنۍ۔

**محنت کش۔** جفاکش۔ زوٗ ترٚٹُن
وول۔ میٚحنتھ کش۔ یُس سخ
پاٹھۍ زوٗ ژٕرِ۔ میٚحنتی۔

**محنت مزدوری۔** میٚحنتھ مۆزوٗری
کام کار بیتر۔

**محنت وصول ہونا۔** میٚحنتھ
رٕنٛز کھسنۍ۔ میٚحنتس مۆزوٗری
میلنۍ۔

**محنتی۔** میٚحنتی۔ جفاکش۔ یُس جکھہٕ
یُس میٚحنتھ کرِ۔

**محو۔** [ث۔ م۔ حوٗ۔ ع] ۔ ا۔ انفنائے۔
ختم۔ ۲۔ لین۔ جاذب گومُت۔
ستیوٗمُت۔ شتھ گومُت۔
رووُمُت۔

محویت۔ لین گژھُن۔ محو سپدُن۔

**محور۔** [ث۔ سخ ور۔ ع] ۔ ا۔ ژٕر۔
اکِس۔ متُثل۔ ۲۔ (علمی مِر
جغرافیہ حسابہٕ) سُہ فرضی خط
یتھ اٚندۍ اٚندۍ زمین نٚژان
چھیٚ۔

**محول۔** [ث م حوٗ ول۔ ع۔ مذکر]۔
سُپرد کرنہٕ آمُت۔ حوالہ کرنہٕ
آمُت۔ ذِمہ تھوونہٕ آمُت۔

**محولہ۔** ذِمہ تھوونہٕ آمژ۔ سُپرد کرٕمٕژ۔

**محولہ حاشیہ۔** ا۔ یمیُک حوالہ
حاشیس پیٹھ آسہِ۔ یتھ
فُٹ نوٹ آسہِ۔ ۲۔ فُٹ نوٹ۔
حوالہٕ یُس حاشیس پیٹھ آسہِ۔

**محی۔** [ث۔ م۔ حی۔ ع] ۔ زِندٕ
کرن وول۔ نوٚو اَنن وول۔

**محی الدّین۔** یُس دین زِندٕ کرِ۔
شیخ عبدالقادر جیلانیؒ سُند
لقب۔

**محیط۔** [ث۔ م۔ حیط۔ ع]
(ف) ا۔ گیر کرن وول۔
یُس وِحاطہٕ کرِ۔ گیرِ آورا وٕ۔
۲۔ دٲیر۔ گیر۔ وِحاطہ




آۍ ۔ مَشدٔل ۔

**محیط ہونا** ۔ ۱۔ زیر کرُن ۔ تَل اَنُن ۔
حاوی سپدُن ۔ آوُرُن ۔ ۲۔
وَلنہٕ یُن ۔ نٔب آوُرُن ۔

**محیل** ۔ [ مُ حیل ۔ ع ۔ ] ۔ حیلہٕ گوٚر ۔
ہِنَز گوٚر ۔ دوکھہٕ باز ۔ فنٕدباز ۔
چالباز ۔ دَغاباز ۔ مَکار ۔

**محیی** ۔ [ مُحْ یِي ۔ ع ] ۔ خودایہ سُند اَکھ صفتی
ناو ۔ حیات بخشن وول ۔

**مخ** ۔ [ ہ ۔ مُخ ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔ کوٚڈر ۔
کٔنہٕ ۔ مینٛگ ۔

**مخادیم** ۔ [ ت ۔ مَ خادیم ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔
"مخدوم" لفظُک جمع ۔

**مخارج** ۔ [ ت ۔ مَ خارِج ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔
"مخرج" لفظُک جمع ۔ آگرٕ ۔

**مخازن** ۔ [ ت ۔ مَ خازِن ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔
"مخزن" لفظُک جمع خزانہٕ ۔

**مخاصم** ۔ [ ت ۔ مَ خاصِم ۔ ع ] ۔ دُشمنُت
کرَن وول ۔ دُشمنی کرَن وول
ضِد وَنناوَن وول ۔ دُشمن ۔

**مخاصمانہ** ۔ تِمہٕ منٛز دُشمنُت آسہٕ
ضِدی ۔

**مخاصمت** ۔ دُشمنی ۔ عَداوَت ۔

**مخاطب** ۔ [ ت ۔ مُ خاطِب ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔
۱۔ کتھ کرَن وول ۔ وَنَن وول ۔
۲۔ کتھہٕ بوزَن وول ۔ کَن تھاوَن
وول ۔ ۳۔ سُہ شخص یَس کتھ وَنہٕ
یِیہ ۔ یَس سٟتۍ کتھ کرنہٕ یِیہ ۔

**مخاطبات** ۔ "مخاطبہ" لفظُک
جمع ۔ پیٹھہٕ بہنہٕ ۔

**مخاطبہ** ۔ بُتھِس برونٛٹھہٕ کتھ کٔرِتھ
وَنُن ۔ بُتھِس پیٹھہٕ وَنُن نِکھالی ۔

**مخاطب ہونا** ۔ کتھ کرٕنۍ ۔ وَنُن ۔
تقریر کرٕنۍ ۔

**مخاطبین** ۔ کتھ کرَن واٲلۍ ۔
وَنَن واٲلۍ ۔ تقریر کرَن واٲلۍ ۔

**مخاطرہ** ۔ [ ت ۔ مُ خاطَرَہ ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔
خطرٕ ۔ خوف ۔ ڈر ۔ ہابتھ ۔
بیم ۔ اَندیشہ ۔

**مخافت** ۔ [ ت ۔ مَ خافت ۔ ع ۔ مؤنث ] ۔
خطرٕ ۔ خوف ۔ ڈر ۔ ہابتھ ۔
اَندیشہٕ ۔

**مخافات** ۔ "مخافت" لفظک جمع ۔

**مخالطت** ۔ [ ت ۔ مُ خال طت ۔ ع
مؤنث ] ۔ میلُن گیلُن ۔

**مخالف** ۔ [ ت ۔ مُ ۔ خا ۔ لِف ۔ ع ۔ مُذکر ]
۱ ۔ دُشمن ۔ شتیُر ۔ ۲ ۔ خلاف ۔
کُنہ کتھِ بینہِ برخلاف ۔ ۳ ۔ بُتھِ
مُقابلہِ ۔

**مخالفت** ۔ دُشمنی ۔ عداوتھ ۔
روگرداٗنی ۔ مخالفتھ ۔ ضد ۔ حسد
اختلاف ۔ برخلاٗفی ۔ مانُن نہٕ
مُنزکری ۔ ژِھ کیر ۔

**مخالفت کرنا** ۔ اختلاف کرُن ۔
اعتراض کرُن ۔ برخلاٗفی کرٕنۍ ۔

**مخالفت ہونا** ۔ دُشمنی آسنۍ ۔ عداوتھ
آسُن ۔ نرٛاے آسنۍ ۔ مُنزکری آسنۍ

**مخالف ہونا** ۔ برخلاف آسُن ۔
بُتھِ آسُن ۔ دُشمنہٕ کرُن
پیٹھ آسُن ۔

**مخبر** ۔ [ ت ۔ مُخ بر ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔
شتیچھ گوٗر ۔ شتیچھ تیٛنہٕ وول ۔
یا اَن وول ۔ ژرژن وول ۔
سی آئی ڈی ۔

**مخبرِ صادق** ۔ ( اِشارٕ پاٗٹھی )
پاٗغمبر خوداے ۖ ۔

**مخبری** ۔ جوٗسوٗسی ۔ ژرژُن ۔ مخبری ۔

**مخبط** ۔ [ ت ۔ مُ خب لِط ۔ ع ] ۔ ۱ ۔
خبطی ۔ پاگل ۔ ۲ ۔ تباہ گومُت ۔
بوٗر باد گومُت ۔

**مخبطِ فطری** ۔ ازلہٕ پاگل ۔ یُس
ازٕ کے خبطی آسہِ ۔

**مخبوط** ۔ [ ت ۔ مَخ ۔ بوٗط ۔ ع ] ۔ بوولہٕ ۔
روومُت ہیوٗ ۔

**مخبوط الحواس** ۔ جبہٕ وبہٕ ریوٗمُت
بوولہٕ ۔ رٔو لوٗد ۔

**مختار** ۔ [ ت ۔ مُخ تار ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔
۱ ۔ سوٗ خنار ۔ یخنیاٗر وول ۔
مجاز ۔ یُس پانس نام آسہِ ۔
یُس نہٕ کانٛسہِ تابع آسہِ ۔
۲ ۔ زَدٕ بُھ ۔ سربراہ ۔ ۳ ۔ گماشتہٕ ۔
وکیلہٕ سُند ایجنٹ ۔

**مختاراً** ۔ یخنیاٗر کینہ ۔ موجوب ۔
سوٗخنار آسنہٕ پیٹھی ۔

**مختارِ ریاست** - بردیشُک رٔیٖتھ - ریاسنگ موختار - دلبکُ رٔیٖتھ -

**مختارِ عام** - قٲنوٗنہٕ حسابہٕ سُہ شخص یَس وُ مختیارنامہٕ دِتھ آسہِ آمُت -

**مختارِ کار** - پانہٕ خوٗدی - مجاز - رٔیٖتھ -

**مختارکاری** - زِٹھل - سربرآہی -

**مختار کرنا** - مجاز بناوُن - اختیار دیُن - اختیار نفوُن -

**مختارِ کُل** - مالِک یَس پوٗرٕ اختیار آسہِ - یَس تام سورُے آسہِ موختارِ کُل - سارِسُے مالِکھ -

**مختارِ مُطلق** - وُچھو "مختارِ کُل" -

**مختارِ مقبولہ** - سُہ موختار یُس مانیہٕ آسہِ آمُت، قٲنوٗنی سیدٕ ثبوٗت آسہِ -

**مختار نامہ** - موختار نامہٕ یُس تحریر یمہِ موجوب کاٚنسہِ اختیار دِتھ ییہِ -

**مختار ہونا** - موختار آسُن - مجاز آسُن - پانہٕ خوٗدی آسُن -

**مختاری** - موختاری - موختارہ سُند کام کار - اجنٹی -

**مختاری کرنا** - زِٹھل کرٕنی - موختارٲسِتھ کام کرٕنی -

**مختتم** - [ت - مُخ تَ تَم - ع -] - ۱ - خَتم کرَن وول - انٛدٕ واتناوَن وول - موکلاوَن وول - اٛشرٕ دَن وول - ۲ - انٛدٕ ووتمُت - انٛدٕ یوٗمُت - موکلیوٗمُت -

**مخترع** - [ت - مُخ تَ رَع - ع - مذکر] - بانی کار - ایجاد کرَن وول - نوٗ پٲدٕ کرَن وول -

**مخترعات** - ایجاد کرنہٕ آمٕتی چیز -

**مختص** - [ت - مُخ تَص - ع] - ۱ - تھٔوٕکِتھ پٲٹھی - خاصہٕ پٲٹھی - مُناسِب پٲٹھی - خاص - تھٲوِتھ -

**مختص المقام** - تھٔوٕکِتھ کُنہِ یا کاٚنسہِ ہنٛدِ بابتھ -

**مختصر** - [ت - مُخ تَ صَر - ع - مذکر] - ژھوٚٹی پٲٹھی موخصر -

**مختصراً** - ژھوجرس منٛز - ژھوٚٹی پٲٹھی - کُنہِ حالتھ

طوالتہٕ ورأے ۔ مۆختصر پأٹھی ۔

**مختصر بات** ۔ وچھو "مختصر سی بات"

**مختصر سی بات** ۔ ژھوٚٹ کتھ ۔ لوکٕٹ کتھ ۔

**مختصر کرنا** ۔ ژھوٚٹراوُن ۔ مۆختصر کرُن ۔

**مختفی** ۔ [ت ۔ مُخ تَ فی ۔ ع] ۔ پوشیدہ ۔ کُھٹِتھ ۔ ژوٗر ۔ گُپتھ ۔

**مختل** ۔ [ت ۔ مُخ تل ۔ ع] ۔ پھُکرِتھ ۔ اوٚر یوٚر کھوٚسِتھ ۔ وُبھرِتھ ۔

**مختل الحواس** ۔ پاگل ۔ باختہٕ ۔ باوُر ۔

**مختلط** ۔ [ت ۔ مُخ تَ لِط ۔ ع] ۔ ۱ ۔ کرلِتھ میانتھ ۔ ۲ ۔ کرلہٕ وُن میلہٕ وُن ۔ میلِتھ گیلِتھ ووُل ۔ ۳ ۔ رووُمُت ۔ یوولِہ ۔ روٗلہٕ ۔ باوُر ۔

**مختلف** ۔ [ت ۔ مُخ تَ لِف ۔ ع] ۔ اکھ رلہٕ وُن ۔ آن میبوہ بیدٕ وُن ۔ علاحدہ ۔ الگ ۔ بیتوٚن ۔ جُدا ۔ بیتھ آن ہشر آسہٕ قسمہٕ قسمک زاژل ۔

**مختلف الاضلاع** ۔ بےشمر پاسل ناحکم طرف ہوو، برابر آسن نہٕ ۔

**مختلف فیہ** ۔ یتھ پیٹھ اختلاف آسہٕ ۔ یہ پتہٕ شک آسہٕ ۔

**مختوم** ۔ [ت ۔ مَخ توم ۔ ع] ۔ موہر شدہ ۔ سیل کرِتھ ۔ بیتوٚب دِتھ ۔ بند ۔ قُلُف کرِتھ ۔

**مختون** ۔ [ت ۔ مَخ توُن ۔ ع] ۔ بیٹھہوو مُت ۔ یَس خونتہٕ کرِتھ آسہٕ آمُت ۔

**مخجل** ۔ [ت ۔ مُ خج جل ۔ ع] ۔ ۱ ۔ مَند چھوٗمُت ۔ ۲ ۔ شرمِندہٕ گومُت ۔

**مخدر** ۔ [ت مُ خدِ دِر ۔ ع] ۔ نیندِ دوا ۔ بےہوشی ہند دوا ۔

**مخدر** ۔ [ت ۔ مُ خد در ۔ ع] ۔ پردٕ دار ۔ پردس منز ۔

**مخدرات** ۔ پردٕ دار زنانہٕ یِمہ سترس منز روزن آسن ۔

**مخدرات قدسیہ** ۔ سِرِ الٰہی ۔ سِر خداے ۔ قودرتہٕ الٰہی

**مخدوش** ۔ [ت ۔ مَخ ۔ دوش ۔ ع] ۔ وُہمہ لد ۔ اُہرِ تیو مُت ۔

**مخدوم** ۔ [ت ۔ مَخ دوم ۔ ع ۔] ۔ یُس ینہ خدمت شوٗبہ ۔

زٕنیٹھ۔ یُزنہٕ وول۔ یُزنس لائق۔
پیر۔ مورشد ییٚس ہشنز خدمتھ
شُوٗبہِ۔ گور۔

**مخدومہ۔** "مخدوم" لفظُک ماد۔

**مخدومی۔** میٚون زٕنیٹھ۔ میٚون پیر۔
میٚون گور۔

**مخدومیت۔** بڑر۔ زٕنیٹھر۔ بُڈیمی۔

**مخرب۔** [ت۔ مُ خرریب۔ ع] تخریب کار۔
تباہی کرن وول۔

**مخرج۔** [ت۔ مَخ رَج۔ ع۔ مُذکر]۔
آگُر، سوٗل۔ بنی یاو۔ کُن۔

**مخروط۔** [ت۔ مَخ رُوط۔ ع۔ مذکر]۔
کوٗنہٕ دار۔ ییٚس اکھ اند موٗٹ تہٕ
بیٚیہِ اتھ اندٕ زاٚ ڈیل آسہِ۔ گنج گاہ
کنکلِ۔

**مخروطی۔** گاٗزرِ چالہِ۔ گنج گاہ کنکلہِ۔

**مخزن۔** [ت۔ مَخ زَن۔ ع۔ مذکر]۔
پتھ جایہ خزانہٕ سوٗمبرتہٕ بیہہِ۔
خزانہٕ۔ گُدام۔ سٹور۔

**مخزون۔** [ت۔ مَخ زوٗن۔ ع۔ مذکر]
خزانس منز تھوونہٕ آمُت۔ گُدامس

منز تھوونہٕ آمُت۔ زٲوِر۔
تھوٚومُت۔ دوٚبرمُت

**مخزونہ۔** "مخزون" لفظُک ماد۔

**مخصوص۔** [ت۔ مَخ صوٗص۔ ع]۔
خاص۔ ژورمُت۔

**مخصوص کرنا۔** خاص کُنہٕ یا ییٚتھ
کُنہ کھوٗن۔ ژٲرتھ الگ کرُن۔

**مخضّب۔** [ت۔ مُ خَض ضَب۔ ع]
بسمہٕ لگہٕ کھ۔ رٔنگنہ۔ خضاب
کرنہ۔

**مخضّر۔** [ت۔ مُ خَض ضَر۔ ع]
سبزاوُن۔ سبز رنگ کرُن۔

**مخطّط۔** [ت۔ مُ خَط طَث۔ ع]۔
رِکھل۔ رِکھہٕ دار۔

**مخطوب۔** [ت۔ مَخ طوٗب۔ ع]
سو زنانہٕ ییٚس نشانی کرِتھ آب۔

**مخطوبہ۔** سو کوٗر ییٚس نشانی کرِتھ
آسہِ۔ ییٚس نشانی کرنہٕ آسہِ
آمِژ۔ ییٚس گونڈمُت آسیکھ۔
نشانہٕ مہر بیتھ۔

**مخطور۔** [ت۔ مَخ طوٗر۔ ع] شُبیتھ

یتھ منز خطر آسہِ - ۲- اندیشہ ـ فکر ـ
خوف ـ خطر ـ ڈیشہ ـ

**مخطورات** ـ فکر ـ اندیشہ ـ وہمہ ـ
خوف ـ

**مخطی** ـ [ت ـ مَخ طی ـ ع] یُس وَشفہ
گوٗمُت آسہِ ـ یُس اَتُر آسہِ
گوٗمُت ـ خطا زد ـ رٹہ زد ـ

**مخفف** ـ [ت ـ مُ خَف فَف ـ ع] ـ
ژھوٹرووُمُت ـ گٹووُمُت ـ
مُختصر کورُمُت ـ ژھوٹ ـ ژھوٹ

**مخفی** ـ [ت ـ مَخ فی ـ ع] ـ پوٗشید ـ
ژوٗر ـ کھٹتھ ـ

**مخفی رکھنا** ـ کھٹتھ تھوٗن ـ ژوٗر
تھوٗن ـ پوٗشید تھوٗن ، ولِتھ
تھوٗن ـ نبِد تھوٗن ـ

**مخفی کرنا** ـ وُچھو " مخفی رکھنا "

**مخفی نہ رہے** ـ نَنِل ییہ پیٹھہ رُوزنِ
نشہ پاٹھی بوز ـ

**مُخل** ـ [ت ـ مُ خل ـ ع] یُس تھوتہ
کرِ ـ یُس کھنگ کرِ ـ خلل تراو ـ

**مخل ہونا** ـ تھوٗ تشہ آسُن ـ تھوٗ ..... [illegible]

**مخلد** ـ [ت ـ مُخ لَد ـ ع] ـ رُوزُن ـ
پوٗشہ وَن ـ درُوزُن ـ

**مخلص** ـ [ت ـ مَخ لَص ـ ع] ـ آزادی ـ
موٗکلار ـ نجات ـ

**مُخلص** ـ [ت ـ مُخ لِص ـ ع] ـ یُس
خوٗلوٗص آسہِ ـ کھوٹ کھٹائی
روٗس ـ شوٗد ـ شوٗد بوٗد ـ

**مخلصانہ** ـ خوٗلوٗصہ بوٗرُت ـ
یتھ منز خوٗلوٗص آسہِ ـ

**مخلصی** ـ نشوٗ زر ـ بیزر خوٗلوٗص ـ

**مخلع** ـ [ت ـ مُخ لَع ـ ع] ـ یُس
خِلعتھ آسِکھ دیتمُت یُس
خِلعتھ بخشتھ آمُت آسہِ ـ

**مخلوط** ـ [ت ـ مَخ لوط ـ ع] ـ رَلہِ مِلہِ ـ

**مخلوط النسل** ـ دو نسلہِ ـ گولہِ یارِم ـ

**مخلوق** ـ [ت ـ مَخ لوٗق ـ ع] ـ ۱ ـ
پادٕ کرنہِ آمُت ـ پادٕ گوٗمُت ـ
۲ ـ مخلوٗق ـ لُکھ ـ پادٕ ابیش ـ
۳ ـ دُنیا ـ کائنات ـ

مخلوقات ۔ "مخلوق" لفظُک جمع
مُکھ ۔ خلق ۔ زُو ذاژ ۔

مخلے ۔ [ت ۔ مُ خَل لا ۔ ع] ۔ یلہٕ نژاونہٕ
آمُت ۔ رٲکرنہٕ آمُت ۔ یُس
نہٕ کانہہ بندش آسہِ ۔

مخلے بالطبع ۔ یُس نہٕ کانہہ گنڈُ یا
بندش ہیکھنہٕ ہیہِ ۔ بےغوش
کریُس تہٕ کرِ ۔ کرِ بِنہٕ مرضی ہِیُھ
نژاوُن ۔

مخمر ۔ [ت ۔ مُ خم مر ۔ ع] ۔ سونڈ مُت
ماتھنہٕ آمُت ۔ اڈرۆو مُت ۔

مخمس ۔ [ت ۔ مُ خم مس ۔ ع] ۔ ۱ ۔
پانژٕ کونٕل ، پانسل ۔ ۲ ۔ سو نظم
یتھ پانژٕ پانژٕ مصرعٕ اکھ اکھ
بند آسہِ ۔

مخمصہ ۔ [ت ۔ مَخ م صہ ۔ ع ۔ مُذکر] ۔
کھُری کانگرٕ ۔ پکھری ۔ وَندٕ دگ ۔
مخمصہٕ ۔

مخمصے میں پڑنا ۔ کھُری کانگرٕ منز
ہیٛنہٕ یُن ۔ وندٕ دگہٕ منز پھسُن ۔

مخمصے میں ہونا ۔ کھُری کانگرٕ منز آسُن

مخمل ۔ [ت ۔ مَخ مل ۔ ع] ۔ ۱ ۔ اکہِ قسمُک
نرم کیٛپُر ، اکھ نرم بُر دار کیٛپُر ۔ مخمل ۔
۲ ۔ اکہِ وِوزلہِ پوشکہ ناو ۔ ۳ ۔ نرم
یُس نہٕ پھوٗر آسہِ ۔

مخمل دو خابہ ۔ اکہِ قسمُک خاص
مخمل یتھ دونشوے پاسو بُر
آسہِ ۔

مخمل کاشانی ۔ ہتھ قسمُک مخمل ۔

مخملی ۔ مخملی ۔ مخملی کیٛپرُک ۔ بُردار (کیٛپُر)

مخمور ۔ [ت ۔ مَخ مور ۔ ع] ۔ مست ۔
نشس منز ۔ خمارٕ ہوت ۔
مدہوش ۔

مخنث ۔ [ت ۔ مُ خن نث ۔ ع] ۔
لانژھ ۔ نامرد ۔ ہیٛدٕ گور ۔
نجہِ ۔ کنزٕ ۔ کیزٕ ۔

مخنوق ۔ [ت ۔ مَخ نوق ۔ ع] ۔
ہٹہِ گرٕ دم ۔ چیٛریہٕ آمُت ہوٹ ۔

مخوف ۔ [ت ۔ مُ خو وف ۔ ع] ۔
۱ ۔ ییٛمہٕ سٕتی خوف ییہِ ۔
۲ ۔ کھوژناوُن ۔
یُس کھوژناوِ ۔

**مخول** ـ [ ت ـ م ـ خول ـ ف ] ـ ۱ ـ
مخولہٕ ـ ٹھٹھہٕ ـ مذاق ـ ۲ ـ ٲکھ ٲکھ

**مخول کرنا** ـ ۱ ـ ٹھٹھہٕ کرُن ـ مذاق
کرُن ـ مخولہٕ کرُن ـ ۲ ـ ٲکھ
ٲکھ کرُن ـ

**مخولیا** ـ بیاڑ گوڑ ـ مسخرٕ ـ مخولی ـ
ٹھٹھہٕ گوڑ ـ

**مخیر** ـ [ ت ـ مُ ـ خے یر ـ ع ـ ] ـ
۱ ـ فیاض ـ دِل متر رتھ خرٲتھ
کرن وول ـ ۲ ـ یُس یخبنیار
دِنہٕ آسہِ آمت ـ

**مخیلہ** ـ [ ت ـ م خی یلہ ـ ع ] سوچنچ پوٚ
سوچنُک طاقتھ ـ تخیل ـ

**مُد** ـ [ ت ـ مُدّ ـ ع ] ـ اکھ میٖنتھ ـ
اکہِ مینتھک ناو ـ

**مَد** ـ [ ت ـ مَدّ ـ ع ] ـ ۱ ـ ( دریاوس )
آب ہٕکھدُن رُکھسُن ـ ۲ ـ اکھ
اڈر ٲچھر بیٚہہِ ستی ألف
زیر پیٹھ آوتھ پرنہٕ چھِ یوان ـ
۳ ـ کھانس بیترِ بیٹھ نارنہٕ
آمتر رکھ ینہٕ نلہٕ کنہ رقم
بینترِ لیکھان چھِ ـ ۴ ـ عنوان ـ
سُرِشتہٕ ـ خانہٕ ـ صیغہ ـ دفعہ ـ

**مَدِ امانت** ـ امانتہٕ بُزرُصی ـ امانتہٕ
کِس صیغس متعلق ـ

**مَدِ سرمہ** ـ سوٚر کھ یوسہٕ سوٚرمہٕ
ستی ٲچھن مشرِ یناونہٕ چھِ
یوان ـ سورمہٕ لوٚٹ ـ

**مَدِ فاضِل** ـ ( اِنشارہٕ یا کتھ ) بیےکار
نہٕ فضول چیز ـ مَدِ فضول ـ
ہُر ہیمانہٕ ـ بہٕ نہٕ کُنتہٕ لگہٕ ـ

**مَدِ کھنیبا** ـ رکھ ترٲونی ـ مدترٲونی ـ

**مَدِ مقابِل** ـ ۱ ـ مدمقابل ـ یُس
سُبھتھ آسہِ ـ یُس منقابلس
آسہِ ـ مخالِف ـ ۲ ـ اکی ترابہٕ
مُہٕند ( دٔویم ) ہیوس ہیوہ
ونزن وول دُفیم لفس بینترِ
ستی ) ـ ۳ ـ دُشمن ـ رقیب ـ

**مدِ نظرِ** ـ بروٚنتھ کنہٕ ـ ٲچھن تل ـ
نظران تل ـ

**مد و جزر** ـ آب ہٕکھہ وسُن ـ
( سُدرکیا ) سُدرکن آبہٕ

ملرٕن ہنٛز کھسہٕ وس۔

**مدّا۔** [ت۔مد۔دا۔]۔ سٔروٗگ۔ سٔروگہٕ مولہٕ۔ سولبہٕ۔

**مدا پڑنا۔** ۱۔ سٔروگہٕ مولہٕ آسُن۔ سٔروجر آسُن۔ سولبہٕ آسُن۔ ۲۔ بازرس مچھر آسُن۔

**مُداح۔** [ت۔م داحُ۔ع۔مُذکر]۔ تأریف کرٕن وول۔ ثنٲخوان گوٗن گیوٗن وول۔ استونہٕ کرٕن وول۔

**مداحی۔** استونہٕ۔ تأریف۔ ثنٲخٲنی۔

**مداخل۔** [ت۔م۔داخِل۔ع]۔ آمدٔنی۔ ٹیکس۔ بہٕ دٔرج سپدٕر۔

**مداخلت۔** [ت۔مُ داخ لتُ۔ع]۔ ۱۔ دٔخل۔ دس اندٲزی منٛز اژُن۔ منٛز بُن۔

**مداخلت کرنا۔** دٔخل دیُن۔ دس اندٲزی کرٕنی۔ منٛز کتھ کرٕنی۔ کتھِ مانٛس منٛز اژُن منٛز اژُن۔

**مداد۔** [ت۔م داد۔ع]۔ مہیل۔ مہیل بیٚمہٕ سٟتۍ لیکھان چھ۔

**مدار۔** [ت۔م دار۔ع]۔ ۱۔ تتھ یتھ اندرٕ اندرٕ گنڑان چھ۔ منڈٕل۔ دآیرٕ۔ ۲۔ گرٕ یتھ ہٕنٛد منڈٕل۔ ۳۔ دارٕ مدار۔ وسار۔ ۴۔ قرار۔ ٹھہرُن۔ تکفکھ۔ ۵۔ اکھ رتنک ناو۔ جمادی الاول۔

**مدارالمہام۔** ۱۔ وُزیرِ اعظم۔ ۲۔ زٕٹھ۔

**مدارِ کار۔** کامِہ کارُک دارٕ، مدار، وسار۔

**مدار۔** [ت۔مدار]۔ ارکھوٗد چالہٕ اکھ کُل یتھ وُنھرٕن دٕ دٕ ہیوٗ چھ بیران۔

**مدار کا ٹڈا۔** اکھ کیٚوم یُس واریاہ رٔنگ چھ آسان تہٕ پٔرچھس تہٕ آسان۔

**مدار کی بڑھیا۔** مدار کُلیُک پھمب ہیوٗ۔

**مدارا۔** [ت۔م دارا۔ف]۔ پٔژھ لاگُن۔ خاطرداری۔ میٚہمان نوازی۔

**مدارات۔** پٔژھ لاگُن۔ خاطرداری۔ میٚہمان نوازی۔

**مدارج۔** [ت۔م دارِج۔ع۔مذکر]۔ درجہٕ۔ رۄتبہٕ۔ مرتبہٕ۔ پہد۔

**مدارس۔** [ت۔م دارِس۔ع۔مذکر]۔ "مدرسہ" لفظُک جمع۔ مدرسہٕ سۄکول۔

**مداری۔** [ت۔م داری۔ف]۔ مدأری۔ بأزیگر۔ سرِبچہٕ کھیل ہاوَن وول۔ کھیلہٕ تہٕ کرتبہٕ ہاوَن وول۔ بأزیگر تماشہٕ ہاوَن وول۔

**مداریا۔** ۱۔ اکھ مشہوٗر درویش۔ مدأری سِلسِلکی درویش۔ ۲۔ اکہِ قسمِچ لوکٹ زُجیر۔ مار پیچ۔

**مدافع۔** [ت۔م۔ دافِع۔ع۔]۔ ژُبس ژُلراوِ۔ ژُبس دوٗر کرِ، دفع کرِ۔ کُڈِتھ ژھٕنِہ۔

**مدافعت۔** ۱۔ ژُلراوُن۔ دوٗر کرُن دفع کرُن۔ ۲۔ بچاو کرُن۔ رُکاوُن۔

**مدام۔** [ت۔م + دام۔ع]۔ ۱۔ پرتھ ساتہٕ۔ ہمیشہٕ۔ لگاتار دوٗ ہدِشس پأٹھی۔ ۲۔ شراب مے

**مداوا۔** یلاج۔ دوا۔ چارٕ۔

**مداوات۔** ۱۔ دوا۔ دوا کرُن۔ یلاج۔ ۲۔ چارٕ جوٗیی۔ وۄتھ وکِد تدبیر۔

**مداومت۔** [ت۔ مداومت۔ف]۔ دار۔ پایدأری۔ درہر۔

**مداہنت۔** [ت۔م داہ نت۔ع۔مؤنث]۔ ۱۔ اَیژ وٕنُن۔ خوشامد کرُن۔ ٹھَنی کرٕنی۔ چاپلوٗسی کرٕنی۔ ۲۔ اَدلہٕ بدلہٕ وٕنُن۔ اوٗرُک یور ووٗنُن۔ مُنافقت کرُن۔

**مدائح۔** [ت۔م۔ دائِح۔ع۔]۔ "مدیح"، لفظُک جمع۔ استٕنوٕنہٕ تأریف۔ گوٗن۔ قصیدٕ (بٕرٕنی)۔

**مدائن۔** [ت۔م + دا۔ ئن۔ع]۔ ۱۔ "مدینہ" لفظُک جمع۔ شہر۔ نگر۔ ۲۔ عراقس نزدیکھ اکہِ شہرُک ناو۔

**مدّبر۔** [ت۔م۔ دَب + بر۔ع]۔ سۄ دوا یُتھ ستیٖ ہہ موٗریم ژم اسہ۔

**مُدبِر۔** [ت۔ مُ دَ بْ رِ بِرْ۔ ع]۔
۱۔ عاقل۔ گاٹل۔ دانشتہٕ۔
مُدبِر۔ ۲۔ تیس دائے دِیِن۔ مشوٗرٕ
دِنہٕ ووٚل۔ رائے دِنہٕ ووٚل۔

**مدبرانِ سلطنت۔** وٗزیر۔
صلاح کار بیتر۔

**مدبرانِ فلک** ستھ گرٕ ہدی۔
ستھ تارکھ ستہٕ ریشی۔

**مُدّت۔** [ت۔ مُد + دَت۔ ف] ۔مُدکھوٗف
کال۔ ۲۔ موہلت۔ میاد۔

**مُدّتِ حیات تمام ہوجانا۔** زندگی
ہُنْد وَق موکلُن، تھنم گژھُن۔

**مُدّتِ عدات۔** موکجاپہ پتہٕ ترٕس رتن
تہٕ دٕہن دوہن ہُنْد وَق یمِس
کالس منز نار نہٕ دوٚیُم نکاح کرٕتھ ہیکہِ۔

**مُدّت گزرنا۔** میاد موکلُن۔

**مدت مدید۔** ییٚژ کال۔ زیوٗٹھ وَق۔

**مدت میں۔** واریاہس کالس۔ اَکِس
مُدتس۔ واریاہہ کالہٕ۔

**مدتوں۔** مُدتن تام۔ واریاہس کالس
واتس۔

**مدتوں سے۔** واریاہ وَقتہٕ پیٹھہٕ۔
اَکہِ زمانہٕ پیٹھہٕ۔

**مدتوں کی بات۔** ییٚژ کالچ کتھ۔
سیٹھا پرٛانی کتھ۔

**مدت ہوئی۔** زمانا اَکھ گوٚو، ییٚژ کال گوٚو۔

**مدح۔** [ت۔ مَ دح۔ ع]۔ ۱۔ تارٛیف۔
ثنا۔ گوٗن۔ اَستُتھ۔ ۲۔
سو نَظم یتھ منز تارٛیف آسِن
کرنہٕ آمٕژ۔ شاعری ہنٛز اَکھ
صِنف۔

**مدح خوان۔** ثناخان۔ تارٛیف
کرن ووٚل۔ گوٗن گیوٚن ووٚل۔
اَستُتھ کرن ووٚل۔

**مدح خوانی۔** ثنا خانی۔ تارٛیف کرٕنۍ۔

**مدح سرا۔** وُچھو "مدح خوان"۔

**مدح سرائی۔** وُچھو "مدح خوانی"۔

**مدحت۔** [ت۔ مد۔ حَت۔ ع]۔
گوٗن گیوٚن ووٚل۔ تارٛیف
کرن ووٚل۔

**مدخل۔** [ت۔ مد + خَل۔ ع]۔ ۱۔
اَندر اژُن۔ ۲۔ بیاری اَندر

اُژنہٕ یِیہِ ۔ یوٚر ۔ دَرواژٕ ۔ ۲۔ آمدٔنی

**مدخول۔** دٲخِل کَرنہٕ آمُت ۔ شٲمِل کَرنہٕ آمُت ۔ ژوٗرانہٕ آمُت ۔

**مدخولہ۔** سوٗ زنانہٕ ییٚس سٟتۍ نِکاح کَرِتھ سٟنگ آسہِ کَرنہٕ آمُت ۔

**مدد۔** [ت ۔ م + دَد ۔ ع] ۔ ۱۔ اَتھہٕ رُٹ ۔ بَلِزار ۔ ساوُن ۔ مَدَتھ ۔ ڈکھ ۔ ۲۔ رَسَد ۔ کُمکھ ۔ ۳۔ موٚزوٗر یِم چھانَس ڈٕسلس سٟتۍ آسن ڈٕسل موہینوی۔ موٚزوٗر یِم لَداوُس آسن لاگنہٕ آمتۍ۔

**مدد بانٹنا۔** موٚزوٗری دِنۍ۔ اُجرَتھ دِنۍ۔ دُہیچ موٚزوٗری دِنۍ۔

**مدد بند کردینا۔** کام بَند کَرِنۍ چھانَن ڈٕسی لَن جَواب کَرُن ۔

**مدد پہونچانا۔** رَسَد واتناوٕنۍ۔ کُمکھ واتناوٕنۍ۔

**مدد خرچ۔** ۱۔ چَندٕ۔ اَتھہٕ رُٹ۔ بُرٕ ژھی دِنہٕ آمُت یوتسہٕ ٹوٹھک نَقدٕ رٔنگۍ مَدَد ۔ ۲۔ سَے پیشگی۔

**مدد کرنا۔** ۱۔ اَتھہٕ رُٹ کَرُن ۔ بَلِزار ۔ اِمداد کَرُن ۔ کٲشہِ مَدَد کَرُن ۔ ۲۔ ٹٹھی بینہٕ صاف گژھنۍ ۔ زٕلۍ مَل صاف کَرنہٕ یِنُن۔

**مددگار۔** اَتھہٕ رُٹ کَرَن وول۔ بَلِزار وول ۔ مَددگار۔

**مدد لگانا۔** لَداوُس بینہٕ موٚزوٗر لاگنۍ۔ کام لاگنۍ (مَکانَس بینہٕ)۔

**مدد مانگنا۔** مَدَد ژھاندُن۔ مَدَد مَنگُن۔ بَلِزارہٕ خٲطرٕ کٲشہِ وَنُن۔ سادٕ نہٕ یا بینہٕ وَنُن ۔

**مدد معاش۔** ۱۔ روٗزٕ نہٕ زٕ وٕ نہٕ ۔ اوزفہٕ کَماوُن ۔ ۲۔ وَظیفہٕ ۔ پینشَن ۔ ۳۔ سُہ جاگیر یُس کُنہِ خاص مَسلہٕ خٲطرٕ بَخشنہٕ یِیہِ ۔ وَقف کَرِتھ جاگیر۔

**مددے۔** ہے اَتھہٕ رُٹ کَرِتو۔ کانۍ ژھا سادٕی تو۔

**مُدِر۔** [ت ۔ مُ دِر ۔ ع] ۔ سُہ دوا ییمہِ سٟتۍ کُھلہِ پیشاب یکِن سُہ دوا ییمہِ سٟتۍ یوٚکٹھ اِدرار سُنہٕ کَرہِ ۔

مدرس ۔ [ت ۔ مُ دَ رِ س ۔ ع ۔ مُذکر] ۔
ووستاد ۔ دَرس دِنہٕ وول
پرناوَن وول ۔ مُعلِم ۔ ماشٹر ۔

مُدرسی ۔ ماسٹری ۔ پرناوِنچ کام ۔ مُعلمی ۔

مدرسہ ۔ [ت ۔ مَدْرَسہ ۔ ع ۔ مُذکر] ۔
ژاٹہٕ ہال ۔ مدرسہٕ ییسکوٗل ۔ مکتبہٕ

مدرسہ سے اُٹھنا ۔ پرُن ترٛاوُن
پرٛاے ترٛاوِنۍ ۔

مدرسہ کی اینٹ ۔ مُڈٕ لُرٛکہٕ ۔ ڈٕڈٕ
لُرٛکہٕ ۔ یُس پَتہٕ کہیں ہیچھہٕ ۔

مُدرک ۔ [ت ۔ مُدْ + رِک ۔ ع ۔ مُذکر] ۔
دانا ۔ زیرک ۔ سمجھن وول ۔
فہیم ۔ ذٔہین ۔ کامِل ۔ ترٛوک ۔

مُدرکات ۔ "مدرک" لفظُک جمع

مدریا ۔ [ت ۔ مُد + رِیا ۔ ع] ۔ کنٛز و گجیر ۔

مدظلہٗ ۔ [ت ۔ مُد ظِلہٗ ۔ ع] ۔ یہ چھہٕ
کانسہِ بزرگَس پُرٛزنہٕ وَنان تہٕ یُس دا
تہٕنُون اُمرٕ دراز سایہٕ قایم ۔

مدظلہ العالی ۔ وُچھو "مدظلہٗ" ۔

مدعا ۔ [ت ۔ مُدعا ۔ ع] ۔ مقصد ۔
مُدا ۔ پژھ ۔ غرض ۔

مدعا یہا ۔ سُہ چیز یتھ پیٹھ داوا کرنہٕ
آسہِ آمُت ۔

مدعا علیہ ۔ یَس نالِش کرنہٕ آسہِ ۔

مدعو ۔ [ت ۔ مَد + عو ۔ ع] ۔ سالہِ
اوٚنمُت ۔ یَس پتہٕ دعوت آسہِ ۔
سالر ۔ یَس سال آسہِ کوٚرمُت ۔

مدعی ۔ [ت ۔ مُد ۔ عی ۔ ع] ۔ ۱ ۔ داوا
کرَن وول ۔ یُس داوا کرِ ۔ مُدیے
۲ ۔ دُشمن ۔

لوکہٕ کتھ :

مدعی سُست گواہ چُست ۔
یہ چھہٕ تمہِ وزِ وَنان ییلہِ مطلبہٕ
ووٚلہِ بے غرض لاگہٕ یا لیڈر ۔
م: یَس کورِ کھاندر سوے کور لوبرن
نخفے ۔ چھو برن دُز ساوے

مدغم ۔ [ت ۔ مُد + غَم ۔ ع] ۔ رلِن ۔
رلاوُن ۔ زہ حرف اکھ اکس
سِتنو رلاوِنہٕ یِرنِ ۔ کُنہِ
حرفس پیٹھ تشدید ترٛاوِنۍ ۔
کانہہ حرف دو یہ لِکھ پرن ۔

مدفن ۔ [ت ۔ مَد + فن ۔ ع] ۔ قبر ۔ لحد ۔

**مدفوع** ۔ [ ت ۔ مَدْ فوٗع ۔ ع ] ۔ دُور کوٚرمُت ۔ ژُلرووُمُت ۔ دَفع کوٚرمُت ۔ کڈِتھ ژُھنمُت

**مدفون** ۔ [ ت ۔ مَدْ فوٗن ۔ ع ] ۔ ۱ ۔ اُوڈرُووُمُت ۔ دَفن کوٚرمُت ۔ دوٚبرِ ۆوُمُت ۔ ۲ ۔ کھٹِتھ ۔ ژُلِر ۔ دوٚبرمُت ۔

**مدقق** ۔ [ ت ۔ مُ دَقْ قِقْ ۔ ع ] ۔ ۱ ۔ یُس زٲدی جارکن ستہِ ۔ ۲ ۔ کھر کوٚرمُت ۔

**مدقوق** ۔ [ ت ۔ مَدْ قوٗق ۔ ع ] ۔ سِلہٕ لد ۔ کاژٕ لد ۔

**مدک** ۔ [ ت ۔ مَ + دَک ۔ ع ] ۔ مَدکِ ۔ اَکہِ قٕسمُک نَشہٕ ۔ اَفین ۔

**مدک باز** ۔ مَدکی ۔ یُس مَدکِ چوان آسہِ ۔ مَدکِ چیٚنہٕ وول ۔

**مدکیا** ۔ وُچھو "مدک باز" ۔

**مدلل** ۔ [ ت ۔ مُ + دَ + لِل ۔ ع ] ۔ دٔلیل دِتھ ثابتھ کوٚرمُت ، کھرٕ کوٚرمُت ۔ وِتہٕ ثابتھ ۔ وعہ کھٹنے کرتھ ۔

**مدمغ** ۔ [ ت ۔ مُ دَم + مَغ ۔ ع ] ۔ ۱ ۔ اَحمق ۔ بیوقوف ۔ ۲ ۔ مغرور

یُس کَبیر آسہِ ۔ کبری ۔ سُکری ۔

**مدن** ۔ [ ت ۔ مَدُن ۔ ع ] ۔ "مدینہ" لَفظُک جمع ۔ واریاہ شہر ۔ مدائِن ۔

**مدنی** ۔ ۱ ۔ مٔدینُک ۔ ۲ ۔ شہرُک ۔ شَہر باش ۔

**مدنی الطبع** ۔ رَلہٕ وُن ، میلہٕ وُن ۔

**مَدن** ۔ [ ت ۔ مَدْن ۔ مٔذکر ] ۔ ۱ ۔ سو کام بیٚمہِ ستنہِ مس ، خوش گژھہِ ۔ ۲ ۔ خوش سیدُن ۔ دِل خوش گژھُن ۔ ۳ ۔ لول ۔ عِشق ۔ ماے موحبتھ ۔ ۴ ۔ جوش ۔ وَلوٚلہٕ ۔ ۵ ۔ شہوتھ ۔ سنگہٕ بل ۔ ۶ ۔ کینژن کُلِن مُشد ناو ۔

**مدن بان** ۔ اَکھ پوشہِ ذاتھ ۔

**مدن گور** ۔ اَکہِ قٕسمُک طوطہٕ ۔

**مدّو** ۔ [ ت ۔ مُد ۔ دَو ۔ ہندی ] ۔ ۱ ۔ مَحِل ۔ ووشٕہ قبر ۔ ۲ ۔ مُدو راگ ۔

**مدولگنا** ۔ مُدوگُن ۔ مُدوین ۔

**مُدوَر** ۔ [ ت ۔ مُ دَوْ وَر ۔ ع ] ۔ گول ۔ دٲیِر دار ۔ مُلوم ۔ آرِ جالہ ۔

